یتھین ہکہِ یہِ سوال تہِ پاۍد سپدتھ زِ کیا ادبی اۄسلوٗبک مطالعہٕ چھا پزی دورِ جدیدُک خاصہٕ؟ تِکیازِ یُتھ ہیو مطالعہٕ چھُ سبٹھاہ پرٚانہِ زمانہٕ پٮ۪ٹھہٕ مشرقی کیو مغربی تنقیدس منٛز تہِ نظر گژھان تہٕ امیُک ثبوت چھُ علم بلاغتس متلق وقتہٕ وقتہٕ لیکھنہٕ آمژ تصنیفہٕ۔ مگر امہِ عِلمچ نوٗعیتھ آس وکھرٕ۔ امیُک اہم مقصد اوس ادب تخلیق کرنہٕ باپتھ تم اۄصول تہٕ قاعیدٕ مرتب کرٕنی یِم اَتھ چھرا ہچھنک تہٕ ہچھناونُک موضوٗع بناوہن۔ اَتھ منٛز آس نہٕ تخلیق کار یا تخلیقہٕ ہنٛدس انفرادی اۄسلوٗبس کانٛہہ تہِ اہمیتھ۔ اَتھ برعکس چھُ جدید اۄسلوٗبیات تخلیقہِ اَکھ الگ لسانی اِکأیی زانٛتھ اَتھ پننہِ مطالُک مواد زانان۔ جدید ماہر اۄسلوٗبیاتس نہ چھُ اۄصوٗل تہٕ قاعیدٕ مرتب کرنس سٟتی غرض تہٕ نہ تخلیق کارن پٮ۪ٹھ کانٛہہ اۄصوٗل یا قاعیدٕ لاگو کرنٕچ کل۔ تٕتھ مطالعہٕ چھُ غأر جذبأتی یتھ پتہٕ کنہِ لسانیاتُک سائینسی طریقہِ کار کارفرما چھُ۔ پزر چھُ یہ زِ اۄسلوٗبیات چھُ موجوٗدٕ صدی ہُنٛد دیُت تہٕ امیُک موجب بنیو سہٕ مطالعہٕ یُس یتھ صدی دوران لِسأنی عِلمس منٛز سپُد تہِ یمی زبانن ہنٛدِ مطالکو نٔوی نٔوی گوشہِ گاشرأوی۔

یمہِ صدی ہنٛدِس ترٛیمس دہلس دوران کوٚر رائیڈ ورڈ سپیرن، رچرڈسن تہِ اِمپسن ہیٚترِ ادبی مطالیاتس اَکھ اَہم بُرٛژ رٕیس بروٗنہہ کُن اۄسلوٗبیات اَکہِ الگ شعبہٕ رٕنگی بروٗنہہ کُن انٛنس منٛز مددگار ثأبت سپُد۔

منز سُپد اِنڈیانا یونیورسٹی منز 1953 ہس منز اَکھ خۆصۆصی سیمنار، یتھ منز اۆسلۆبیات اکہِ الگ مضمونہٕ رنگۍ تسلیم کرنہٕ آو۔ تتہِ پتہٕ ازتام چھُ اوسلۆبیاتس متعلق مغربی دُنیہس منز عٲلمس تہٕ مطالس ہربرسپدان تہٕ لسانیا تکہِ پزتھ نِونوقطہٕ نظرُک اِطلاق تہٕ چھُ ادبی زبانی ہندس مطالس پتھ جٲری۔ موجوٗدٕ دورس منز یمو دۆیمو عٲلمو اوٗسلۆبیاتکس عٲلمس اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ ہُربر کوٗرتمن منز چھِ ڈلٹن مورے، ٹامس اے سیبوک، روجر فاولر، اُلمن، اے ، کے ہیلڈے، آسٹن ویرن، رچرڈ اوہمن تہٕ جیوفری لیچ بیٚتر تہِ اہم۔

چھیکرس چھُ یہِ وَنُن تہِ ضروٗری زِ جدید اوٗسلۆبیات ہیکہِ نہٕ گژھِ پاٹھی تہٕ مکمل طور ادبی تنقیدُک مُبدل بنِتھ۔ تکیا زِ یتھ پاٹھی زن عیاں سپُد زِ ماہرِ اوٗسلۆبیات چھِ پننس طریق کارس سائنسی مانان تہٕ سائنسی نوقطہٕ نظر کانہہ سائنسی عٲلم وبوٚھناوُن چھُ صحی مگر تخلیقی تجربہٕ امہِ ستۍ وبوٚھناوُن چھُنہٕ ہتھ فیصد صحی باسان۔ پزر چھُ یہِ زِ تخلیقی تجربک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِدراک کرنہٕ باپتھ ہیکہِ یہِ اِمدادی ثابت سپدِتھ۔ یانے ادب پرکھاونہٕ تہٕ مولہٕ ناونہٕ باپتھ چھےٚنہٕ یہِ گژھ تہٕ الگ وتھ بلکہِ چھُ اَمہِ باپتھ یہِ محض اَکھ وتہٕ پوٚ دیُس گژھِ نتہٕ گژھِ موڑس پتھ ادبی تنقید چہِ بجہٕ وتہِ ستۍ رٹُن گوژھِ۔

☆☆☆☆

ادب پننہِ لِسأنی ساختہٕ تہٕ معنیأتی رِشتن ہنٛدِ حوالہِ وبوٚھنأوِتھ کٔرٕتھ لِسأنیأتی تجزیہٕ تہٕ ادبی مطالہٕ ہم آہنگ کرنٕچ کوٚشِش ۔ ادبی مطالہٕ باپتھ اوس سُہ لِسأنی عٔلِم ضروٗری مانان ۔ بقولہِ تٔمسنٛدِ چھُ گٔنہِ ادبی تخلیقہِ ہٕنٛزن لِسأنی خوٚصوٗصیوٗن ہُنٛد سرٕ ونٕ تجزیہٕ فن پارٕ پرکھاونہٕ تہٕ اَمِکس توٗرأتی ژٕکس تل واتنہٕ باپتھ سبٹھے ضروٗری۔

اوٚسلوٗ بیاتیٛس منٛز چھُ رینے وبلک سُنٛد دیُت تہٕ اَہم یَسٕنٛز تصنیف ''تھیوری آف لٹریچر'' ادبی اوٚصوٗلن تہٕ نظریاتن متعلق مفصل وبوٚھنٕے چھےٚ۔ وبلک چھُ ادبس لِسأنیأتی فن مانان ۔ بقولہِ تٔمنٛدِ چھےٚ زبان اَکھ خام مواد یَتھ تخلیق کار پننہِ منہٕ تہٕ منشہٕ مطأبِق ورتاوان چھُ۔ بقولہِ وبلک چھےٚ سائنسی زبان علامتی منطبقس نکھہٕ تہٕ اَتھ برعکس چھِ ادبی زبأنی منٛز زبأنی ہنٛدی عام ترٕ وسیلہٕ جمالیأتی عُنصرن ہٕنٛز اَڈرنہٕ سٟتؠ منظّم آیہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ ونان چھُ زِ ادبی بیان چھِ اکِہ مُعفرِد انداز کینہٕ افسانوی پزرن (Fictionalized Truth) ہنٛدی حاصِل آسان۔

1950 عیسوی پتہٕ روٹ اوسلوٗ بیاتن اَکھ نوٚو اَنداز تہٕ نوٚ ترا ے۔ کینٛہو ساختیأتی لِسأنی ماہر و ہیوٚت ادب نوٚ ساختیأتی لِسأنی نظریہٕ وبوٚھناوٕن۔ أتھی سٟتؠ آو 1950 ہس منٛز اِطلاقی لِسانیاتک اَکھ نوٚو شعبہٕ بارسس یَتھ تحت اوٚسلوٗبیأتی مطالس منٛز اَکھ نوٚو وزوٗ زہتہٕ پأدٕ سپد۔ اَتھ سلسلس

کأشرِ زبأنی ہُنٛد گوڈنیک رامایَن۔

بیشتر ہندوستأنی زبانن منٛز چھِ رامایَن یا رام ادب سدأ ہمہٕ صدی برونٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ کأشرِ زبأنی منٛز اَمِچ تصنیف سٮ۪ٹھاہ ژیرِ سپٕز ہٮ۪و۔ شتی کٔنٛٹھس پٮ۪ٹھ کُری گأمس تام چھنہٕ اَسہِ کأنٛسہِ تہٕ رام بکھتی شاعرِ سُنٛد ناو کَنَن گوٚمُت۔ یَتھ دورس منٛز ہندوستانٛچن مختلف زبانن منٛز رامایَن نہٕ ڈٔسی پھاپھلاونہٕ آمٕژ رام بکھتی ہُنٛز ربو ایَتھ بام عوٗرُوٗجس وأژمٕژ أس کٔشیرِ منٛز آسی تَتھ دورس منٛز لَل دید تہٕ روپہ بھوأنی ہِو شاعر شِو فلسفکس نبر اکار دیس للہِ کھوٚل کران۔ کٔشیرِ منٛز ووتلیہِ سگُن بکھتی ہُنٛز یہِ ربو ایَتھ تتھ دورس منٛز یٮ۪لہِ یہِ ہندوستأنی زبانن منٛز ہمیٛمٕژ أس۔

وٕنۍ گو رام بکھتی ہٕنٛزِ ربو ایہٕ ہٕنٛز عدم موجوٗدگی ہُنٛد مطلب چھنہٕ یہِ زِ پزٕ کاش رامس برونٛہہ کیاچھےٚ نہٕ رام یا رامس سٍتۍ وابستہٕ ڈٔلیلہِ کٔشیرِ منٛز متعأرِف آسمٕژ۔ بٔلکہ چھِ تتھۍ کینٛہہ اشارٕ میلان یمو تلہٕ ظأہر سپدان چھُ زِ کٔشیرِ منٛز چھےٚ برونٛہہ کالِہ تہٕ رامانٛچہِ ڈٔلیلہٕ مروجہٕ آسمٕژ مثلن شیخ العالمہٕ سُنٛد یہِ شرُک [1]

| | |
|---|---|
| دشہِ راونس نتو جشن | تس ہلمت وتے ووتو |
| رازٕ رامس وشل وشن | پانہٕ آشن تس کیا دِتو |

چھُ یَتھ کُن اشارٕ کران [2] زِ تَیَنٛدِ وقتہٕ تہٕ چھِ رامانٛکی قصہٕ لُکہٕ پأتھرن ہٕنٛدی

[1] کلیات شیخ العالمؒ۔ (دوٚیم ایڈیشن) ص۔۱۸۲

[2] مزید مطالعہ باپتھ۔ کمو۔ کأشُر لُکہٕ پأتھر (غأر مطبوعہ)

# کأشرس منز

# رامائن

ہندوستانچ خالے کانٛہہ زبان آسہِ یتھ نہٕ یتھ منز نہٕ رامائن یا رام کتھا اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ لیکھنہٕ آمژ آسہِ ۔ رامائن چھِ کأشرِ زبانی منز تہِ مختلف شاعرو لیکھی مژ یمن منز ساری کھوتہٕ اہم پرکاش رام گُری گامی سُنٛد "رام اوتار چرِت" چھُ ۔ یہ رامائن چھ یمہِ لحاظہٕ تہِ اہم زِ وُنس تام چھُ یوہے اَکھ رامائن چھأپی صوٗرتس منز دستیاب ۔ اَمہِ علاوٕ چھ بیٚیہِ تہِ کینٛژن رامائنن ہُنٛد ناو ہیٛنہٕ یوان ۔ یمن منز ۱۹۱۸ ء منز لیکھنہٕ آمٕت وِشنہٕ کولن "ویشنو پرتاپ رامائن"، ڈب گاندربل کس نیل کنٹھ شرماسُنٛد رامائن شرماتہٕ ترسلہٕ کس آنند رام ترسلہٕ سُنٛد "رام اوتار بزبان کشمیری" شأمل چھِ ۔ مگر یم تریشوے چھِ وُنہِ چھاپس کھسنے ۔ اَمہِ سبہٕ چھُ ضروری زِ کأشرِین رامائنن ہُنٛد مطالہٕ کرنہٕ وِزِ ہیکہِ اِسہِ پرٛکاش رامنِس رامائنس کُنے ژور توجہ مرکوز سپدِتھ ۔ یتھ منز تہِ چھُ مے اَوے یوہے رامائن زیادٕ پہن زیرِ غور اوٚنمت ۔ پرٛکاش رامنہِ "رامائنک سنہٕ تصنیف چھُ ۱۸۵۴ ء تہٕ باقی تریشوے اَچھأپی رامائن چھِ اَمہِ پتہٕ یتھہٕ پأٹھی چھُ پرٛکاش رامُن "رامہٕ اوتار چرِت" موجوٗدٕ تحقیقہٕ مطأبق

میلان یِیمیک واٹھ رام سٕنٛز زندگیہِ یا گُنہِ کارنامس سٟتۍ آسہِ ہے۔

پتھ کالچہِ گٔشیرِ منٛز رام کلٹ مقبوٗل نہ آسنٕچ بیاکھ شہادت چھےٚ یتہِ زِ اَسہِ چُھنہٕ توٗارِیخن منٛز تتھہِ کُنہِ تہِ ویشنو مندرُک ذکر میلان یتھ منٛز رام سٕنٛزِ موٗرتی اۭسمٕژ چھےٚ۔ حالانکہِ للتادتیہِ سٕندِس پرہاسپورس منٛز چھُ ''راماسوامن''[1] ناوُک اَکھ مندر راوسمُت مگر بقولہِ کلہن چھےٚ اَتھ منٛز ویشنو سٕنٛز روپہٕ موٗرتی اۭسمٕژ یَس بنگٲلۍ تخریب کارو کیشو سوامن زٲنتھ پُھٹرٲوِمٕژ آس۔

بہر حال یمو کتھو تلہٕ چھُ ٹاکارٕ سپدان زِ رامانچہ کتھہِ مروجہ آسنہٕ باوجوٗد تہِ ہیٚچ نہٕ رام سٕنٛز اوتارۍ شخصیٚژ تہِ تسنٛزِ بکھتی گٔشیرِ منٛز ہندوستانکین مختلف علاقن ہنٛز ہشِ مقبوٗلیت پرٲوِتھ۔ اَمی ہیوٚکنہٕ کٲشُر سوچ تتھہِ پٲٹھۍ پانس کُن متوجہ کٔرِتھ یتھہٕ پٲٹھۍ یہِ کرشنہٕ سٕنٛز تعلیمہ تہٕ تسنٛز اوتارۍ شخصیٚژ کوٚر۔ شاید ہیکہِ اَمیُک وجہ پرٛانہِ گٔشیرِ ہنٛز سیاسی جغرافیہ تہٕ تہذیبی لین دین تہِ اۭستھ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یتہِ زِ شاید دِژنہٕ گٔشیرِ ہندۍ غالب رِوایتی فلسفن ویشنومتس پوٗرٕ پٲٹھۍ پننی الگ پزٕنتھ قٲیم کرنس اَتھ وتھ۔

کٲشرِ زبٲنۍ منٛز تِل ادبی سوٗتھرس پیٹھ رام بکھتی ہنٛزِ رِوایژ ہندِس پرٛکاش رامن پٔنٕن ''رام اوتار چرِت'' لیکھِتھ۔ تس میوٗل اَمہِ قسمچہِ بیاینہ

---

[1] القولہِ کلہن للتادتیہ بن کرنا و پرِ ہاسپوٗرٕ کُھدٲے رینتہِ مندرٕ کی آثار دژ ایہ۔ اَتھ اوس درواز گنہِ کٹھتھ زِیہِ مندر بناو ونوو رامن تہٕ لکھمنن۔ اَمہِ مندرٕ چ ویشنو موٗرتی آیہِ پادشاہ سٕندِ ذٕسی اَکس نٔوِس مندرس منٛز تھاونہٕ۔ اَتھی مندرس آو راما سوامن ناو تھاونہٕ۔ راج ترنگنی۔ ش ۴ ۲۷

موضوع أسۍ یمن لۆکھ بڑ چاۍ سان ؤچھان أسۍ۔

ہندی دورس منز چھ کینہہ سنسکرت شاعرو رام ادبس پننہِ قلمہ برژر کۆرمُت۔ اَتھ سلسلس منز چھ کھیمندر سُند "دشم اوتار" ناٹک اہم۔ اما پوٚز یتھ ادب چھ بوٚز زِ تھپے۔

رام چھ ویشنو سُند اوتار مانن آمُت تہٕ ویشنومتک اثر چھ نیل مت پرانس منز تہِ۔ اَتھ پرانس منز چھ "مہی مانا"[1] ناوک اکھ تیو ہارک ذکریُس موجوٗد دورک گوٚنگل ہیۆ اوسمُت چُھ۔ کُملی چھ اَمہ دوہ سیتا یہ ہنز پوٗزا کران أسۍ۔ ویشنو مت چھ للتا دتیہ تہٕ تَس پتہٕ تہِ باقے متن لرِلوٗ رکشیر رأتیج روٗد مُت۔ مگر پز ر چھ یہ زِ اَمہ باوجوٗد تہِ سپد نہ رام کلٹ Cult کشیرِ منز کُنہ تہِ تواُرِ یخی دورس تمہِ انملنہ مقبوٗل یُمہِ انملنہ یہ ہندوستانکین مختلف علاقن منز سپد۔ چنانچہِ نیل مت پرانس منز یُمہِ سیتا پوٗزلیہ ہُند ذکر چھ تتھ پَس پردٕ تہِ چھ سیتا لفظک ویدی تصور کار فرما۔ ویدن منز چھ لفظ "سیتا"[2] زمینہِ ہنز وہ پدأوی قوۂژ ہنزِ علامت رنگی ورتاونہ آمُت یُمی وق سورنس ہتہٕ ستی بھوٗمی دیوی" ہنز صوٗرتھ پزأو تہٕ نیل مت کس کُملی سما جس منز زمینہِ ہنزِ وہ پدأوی قوۂژ ہنز پوٗزا چھنہٕ کانہہ تہٕ غار معموٗلی کتھ۔ یہِ کتھ تہِ چھے توجہ طلب زِ نیل مت پرانس منز چھنہٕ تتھ کُنہِ بڑِ دُہک حوالہ

[1] نیل مت پران۔ ص۔ ۱۹۷

[2] جان ڈاوسن۔ اے ڈکشنری آف ہندو میتھا۔ ص ۲۶۱

رامایِن تس کُن منسوٗب کرِتھ تتھ ''ویشنو پرٛتاپ رامایِن'' ناو تھووُمت[1]۔
ڈوٗگر دورس منٛزٕ چھُ کٲشیرِ منٛز تمن کیٛنٛژن اہم مندرن ہُند تعمیر تہٕ سپُدمت
یِم رام یا رامایِنکین باقے کِردارن سٟتؠ وابستہٕ چھِ۔ بہر حال ڈوٗگر راجن ہنٛزِ
رام بکھتی ہنٛزِ دلچسپی سنٛزٕ ورٲے تہِ ہکو یہ اندازٕ لگٲوِتھ زِ اَتھ دورس دوران
آسہِ ہندوستانکو مختلف علاقو پٮ۪ٹھ رام بکھتن ہُند جان تعداد کٲشیرِ کُن آمُت
یِمن ہنٛز وۄتھ بیٚٹھ سٟتؠ کٲشیرِ ہنٛدٮ۪ن گونماتن تہٕ اَمِچ دلچسپی پادٕ سپدیمو آسہِ۔
یِیمہ کہِ نتیجہٕ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز تہِ مختلف گونماتو رامایِن لیکھنس قلم آزمٲیی کٔر۔

کٲشرِ زبٲنؠ ہنٛدی رامایِن چھِ جدید ہندوستٲنؠ زبانن ہنٛدٮ۪ن بیشتر
رامایِنن ہنٛدی پٲٹھؠ ادھیاتمہِ رامایِنکس طرزس پٮ۪ٹھ۔ ادھیاتمہ رامایِن چھُ
اَکھ لوکٹ پُران یِیمیُک تصنیفی زمانہٕ نوٚم صدی مانٛنہٕ یوان چھِ۔ اَتھ پٮ۪ٹھ
چھُ ویدانت فلسفُک اثر تہِ۔ اَتھ رامایِنس منٛز چھِ رام تہٕ سیتا ویشنو تہٕ لکھمی
ہنٛدی اوتار مانٛنہٕ آمتؠ۔ اَمہِ رامایِنُک اہم مقصد چھُ رام بکھتی ہُند پرٛچار تہٕ
پھٲلاو۔ کٲشرٮ۪ن رامایِنن منٛز تہِ چھِ رام تہٕ سیتا ویشنو تہٕ لکھمی ہنٛدی اوتار
ہاوٕنہٕ آمٕتؠ تہٕ یِمن منٛز تہِ چھِ ادھیاتمہ رامایِن تہٕ تُلسی نہِ شہرٕ آفاق تصنیفہِ
''رام چرِت مانسکی'' پٲٹھؠ رام بکھتی بجر بخشنہٕ آمُت۔ رام کتھایہِ ہنٛز اولین
تصنیف چھےٚ والمیکی رامایِن۔ مگر امیُک رام چھُ اَکھ ہیر ونز کانٛہہ اوتار۔ سُہ
چھُ اَکھ بُلند اخلاق تہٕ بااُصوٗل انسان یُس پننس مٲلی سُند بول بجا اَنٕنہٕ

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد دوٚیِم

شأعری باپتھ ماحول تہٕ سازگار۔ تس برونٛہہ دھار مِلک شأعری ہنٛز غالب
صنفہٕ آسہٕ واکھ، وژن تہٕ پدیم نہ اکار دیہ بکھتی باپتھ موزوٗن آسہٕ ۔ مگر تسٕنٛد دور
اوس مثنوی صنفہِ ہِنٛدِ عوٗرۄ جک دور۔ اکہِ طرفہٕ اوس تمن کأشرٮ۪ن شأعرن
ہُنٛد اکھ کاروان بارسس آمُت یِم فارسی بیترِ زبانن ہٕنٛدی منظوٗم داستان کأشر
اونس کُن لگٕمتۍ آسۍ تہٕ دۄیمہِ طرفہٕ آسۍ پرمانند ہوی شأعر پٔنٕن بکھتہٕ بادباونہٕ
باپتھ ہندوستأنی دیومالاہن پٔنٕن بأژ سیلہٕ بناونس درپے۔ چنانچہ تسٕندی زِ ٹھی
ہمکال پرمانند تہٕ محموٗد گأمی ہنٛزن طویل نظمن تہٕ مثنوی ین ہُنٛد شوہر اوس
دوٗردوٗرتام۔ ممکن چھُ زِ تتھس ماحولس منٛز آسہِ ہے دِیہ بکھتی تہٕ شأعرانہٕ ذوق
تھاوَن وألس پزٕ کاش رأمس تہِ یژھ شأعری باپتھ وتش لوٗگمُت۔

دۄیم کتھ چھےٚ یتہِ زِ افغان دورِ حکوٗمتہٕ پتہٕ ییلہِ کٔشیر سِکھ تہٕ ڈوگرہٕ
اقتدارس تل آیہ یہ چھُ اغلب زِ اَتھ دورس منٛز آسہِ ہے شُمألی ہندوستانکٮ۪ن
سادن سنٛتن ہُنٛد کٔشیرِ کُن روز وَہریومُت تہٕ یمن ستۍ آسہِ ہے کٔشیرِ ہندٮ۪ن
دیہِ بکھتٮ۪ن تہِ وۄتھنہٕ بہنگ موقہٕ میلان۔ چنانچہ پرمانندتہٕ ویشنہٕ رازدانس
متعلق چھےٚ تذکرن وہسو یژھن دوتھہٕ بیٹھن ہنٛز ذکر کرمژ۔ ممکن چھُ زِ کرۍ
گأمس تہِ آسہِ یِہنٛزی صوحبتہٕ زیراثر رام کتھا کأشرِ وانٛچ کل گٔمژ۔

یہ کتھ تہٕ چھےٚ دِلچسپ زِ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدی ساری رامایَن چھِ ڈوگرہٕ
دورس منٛز لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ ویشنہٕ کولن چھُ پزٕ تاپ سنگھنی خوشنوٗدی پزٕ اونہٕ باپتھ پٔنٕن

مختلف جدید ہندوستانۍ زبانن منز شُراہمہِ صدی دوران لیکھنہٕ آیہِ تِمن منز چھِ
اکثر ستو بجایہِ اَٹھ کانڈ تہٕ اُتھمس کانڈس منز چھِ لوکوش ژر ہتکۍ واقاتھ
شأمل کرنہٕ آمتۍ یمن منز خاص پأٹھۍ لوَ تہٕ کوش سُند رام تہٕ تَسند ہن باینٕ ستۍ
کرنہٕ آمتہِ جنگُک ذکر اہم چھُ ییٚلہِ زن یہِ ذکر چھُنہٕ کُنہِ تہِ قدیم رامائنس
منز درپٲٹھۍ گژھان۔ اُتھمہِ صدی ہندۍ مشہور سنسکرت ناٹک نگار بھوبھوتی ین
چھُ پننس ''اُتر رام چرت'' ناٹکس منز یہِ جنگ ہوومُت۔ ممکن چھُ زِ
ہندوستانکین مختلف علاقن منز مروجہ لُکہِ کتھن منز تہِ آسہِ ہے اَمہِ جنگچ ذکر
یُس پتہٕ مو رامائن لیکھن والو تہِ پننین رامائینن منز شأمل کوٚر۔ یہِ ذکر آسہِ
پژکاش رامن تہِ کُنہِ بوٗزمُت یا پوٚرمُت تہٕ تتھہِ پأٹھۍ کوٚر تمۍ تہِ پننس
رامائنس منز یہِ الگ پأٹھۍ لوکوش ژر ہت عنوانس تحت شأمل۔

پژکاش رامنس رامائنس منز چھِ تتھۍ بییہِ تہِ کینٛہہ قصہٕ تہٕ کتھہٕ یم نہٕ
والمیکی یا ادھیاتمہ رامائنس منز چھےٚ۔ یمن منز چھےٚ اَکھ ڈلیل سیتایہٕ ہندس
زٕنس متعلق۔ اَتھ متعلق چھےٚ باقۍ زبانن ہندٕ ہن مختلف رامائینن منز تہِ
وَکھرٕ وَکھرٕ ڈلیلہٕ نظرِ گژھان۔ مثلن تبّتی تہٕ کھیتأنی رامائن تہٕ جاوا کہ ''
سیرت کانڈ'' مطأبق چھےٚ سیتا راون تہٕ مندٗ دری ہنٛز کوٗرِ یُس جیوتشن ہنٛز
ییٚمہِ پیشنگوی مطأبق زبالغ سپدِ تھ بنہِ سو راونہٕ سنٛز معشوقہٕ تہٕ تَسندِ خاندانچہِ
تبأہی ہُند وجہ۔ صوٚ ندٗقس برِتھ سمندرس دأرِتھ دِنہٕ آمژ۔ اُس تہٕ چھیکرس

باپتھ راجت ترأ وِتھ ون رٹان چھُ ۔ آشنہِ ہنٛز رأ چھ راوچہِ باپتھ سۆ دروٗتٕرِتھ
راونس ستی جنگ کران چھُ تہٕ عوامچہِ خوٚشی باپتھ ذأتی مسرتن ہُنٛد ہوٚٹ
چیران چُھ ۔ بودھ تہٕ جین جاتکن منٛز تہٕ چھےٚ رامہٕ ہنٛدِ اَمہِ آدرش اخلاقٕچ
تصویر برؤنہہ کُن یوان ۔ مگر ادھیاتمہٕ رامائنس تام واتان واتان چھےٚ سمیہ
پھِرس ستی ستی رام سنٛز شخصیتھ انسأنی سوٗتھرِ پیٹھ ہیوٚر کھسِتھ اوتأری رٕپ
پرٛاوان تہٕ اَمہِ پتہٕ یم تہِ رامائن تصنیف سپدی تِمن منٛز چھےٚ بیشتر پأٹھی رام
سنٛز یہے شخصیتھ ووتلاونہٕ آمٕژ ۔ ادھیاتمہٕ راماینکی پأٹھی چھُ کأشرٕ ہن
رامائنن منٛز تہٕ خاص پأٹھی پرٛکاش رامنس رامائنس منٛز تہِ رام تہٕ سیتایہِ ہُنٛد
زنم پاپھ تہٕ ادھرٕچ علامتھ راوٕن مارنہٕ سببہٕ سپُد مُت ۔

پرٛکاش رامنہِ رام اوتارچہِ کتھِ ہُنٛد بینٛی وونن یوٚدوے زیادٕ پہن
ادھیاتمہٕ رامائنس ستی رلان چھُ ووں گو ادھیاتمہٕ رامائن یتھ پأٹھی رامانج
نہِ ویشنوی فلسفہٕ برٛتھ چھُ پرٛکاش رامنس رامائنس منٛز چھِنہٕ تِمہِ حسابہٕ فلسفی
زأوِجار چُھکاونہٕ آمتی ۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہ تہِ زِ پرکاش رامن چھےٚ اَمچہِ ڈلیلہٕ
منٛز تہِ کُنہِ کُنہِ الگ رنگ کھارنٕچ کوٚشش کٔرمٕژ تہٕ کینٛہہ تِم قصہٕ تہٕ ڈلیلہٕ تہٕ
شأمل کٔرِمٕژ یم نہ ادھیاتمہٕ رامائنس منٛز چھےٚ مثلن ''لوکوش ژرِہت'' یُس
اَتھ ستی ضمیمہٕ رٔنگی شأمل چھُ ، چھُنہٕ والمیکی یا ادھیاتمہٕ رامائنس یا بیٚیہِ کُنہِ
قدیم رامائنس منٛز شأمل ۔ یمن منٛز چھِ صرف سَتھ کانڈ یا حصہٕ مگر یم رامائن

پڑکاش رامنس رامائنس منز چھُ سیتایہٕ ہنز زاَم ہُند قصہٕ تہٕ ییمہِ مطابق رام سیتایہِ زاَم ہنز سازشہٕ کنۍ اجودھیایہِ منز کڈِتھ ژھنان چھُ ۔ ''رام اوتار ژرہتک'' ترتیب کار ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈت چھُ اَتھ پڑکاش رامنہِ تخیلُک پاداوار مانان یُس نہٕ صحیح چھُ ۔ یہِ قصہٕ یوٗ دوے والمیکی، ادھیاتمہٕ تُلسی یا بیٚیہٕ تہٕ بیشتر رامائنن منز چھنہٕ اماپوٚ زالہٕ پلہٕ تتھے ہیوٚ قصہٕ چھُ بنگالی زبانۍ ہٕندس مقبوٗلہ عام رامائن ''کرتی واس'' رامائنس منز وکھناونہٕ آمُت ۔

''رام اوتار ژرہت'' چھُ سانس مثنوی ادبس منز شامل مگر یہِ چھُ بیشتر مثنوی ادبہٕ نشہِ ییمہِ لحاظہٕ وکھرٕ زِ یہِ چھُنہٕ کُنہِ اَکہِ مخصوٗص داستانُک ترجمہٕ ۔ یعنے پٔتن رامائن تصنیف کرنہٕ وزِ چھُنہٕ پڑکاش رام بیٚیہٕ زبانۍ ہٕندس کُنہِ مخصوٗص رامائنس پوٗرٕ تابع روٗدمُت ۔ بلکہِ چھِ تمۍ اَتھ منز تم مختلف کتھہٕ تہٕ شامل کرِمژٕ ییم تمۍ مختلف وٕسیلو اورٕ یور پرِمژٕ یا بوزمژٕ آسن ۔ ووں گوٚ کلس پیٹھ چھُ امہِ رامائنک مزاز ییمہِ حسابہٕ ادھیاتمہٕ رامائنس ستۍ ہشر تھاوان زِ اَمہِ کٕنن مختلف کردارن چھُ مذہبی تہٕ عقیدتی مل مایہ کھارنہٕ آمُت ۔

مختلف زبانن ہٕندٮ۪ن کینژن رامائنن منز چھُ شاعرانہٕ فنک تہٕ بکھتی ہٕندِ رسُک اَکھ تیُتھ ماری موٚند سنگم زیمن چھِے پننس ادبس منزاَکھ پوشہِ وِنۍ حیثیت حاصل ۔ شاعرانہٕ فنس منز چھنہٕ والمیکی رامائن تہٕ کم کینژہہ بلکہ چھُ اَتھ منز والمیکی سُند مقصدے ترٛٹھ شاعری پیش کرٕنۍ

اُس راز جنکس نش وأ ژ ہو تیمی سو پننہِ کورِ ہنٛدی پأٹھی زٕ چھ ۔ "ادبُت رامایِن"، "آنند رامایِن" تہٕ کھمندرنس "دشم اوتارس" منٛز تہٕ چھےٚ سیتایہِ ہُنٛد راونس نش بٕچھٕ ییٚتہِ سنتان واتنچ ذکر یَس پتہٕ پیشنگوئی ہنٛدِ خوفہٕ کنہِ مندوڈری ہنٛدِ مشورٕ راز جنک ہنٛدِس علاقس "میتھلایہِ" منٛز زمینہِ تل دو براونہٕ یِوان چھےٚ تہٕ ییٚتہِ تس راز جنک حأصل کران چھُ ۔ "دشرتھ جاتک" ملیشاچہِ "رام سیری" تہٕ انڈونیشاچہِ "رام کیلنگ" کتھہِ مطأبق چھےٚ سیتا دشرتھٕ[1] ہنٛز کوٗریس راونس نش وأتتھ پتہٕ تسنٛدِ ڈسی سوٚ درس دأرِتھ دنہٕ یِوان چھےٚ ۔ پرٛکاش رامنہِ رامایِنہٕ مطأبق تہِ چھےٚ سیتا راون تہٕ مندوڈری ہنٛز کوٗر ووٚں گوٚاَتھ منٛز چھےٚ کشیرِ ہنٛدِ ماحولہٕ مطأبق سوٚ درٕ بجایہِ کولہِ ہنٛز ذکر۔ اَتھ منٛز تہِ چھُ راز جنک سیتایہِ زمین کھنٛتھ میوٚتل کڈان ۔

کأشرِس رامایِنس منٛز چھےٚ مہراونہٕ ڈسی رام تہٕ لکھمن ژوٗرِتھ پاتال واتناونچ ڈلیل ییٚتہِ تمن ہنومان پننس نیچوِس ستی جنگ کرنہٕ پتہٕ موکلاوِتھ اَنان چھُ ۔ یہِ ڈلیل تہِ چھےٚ نہٕ ادھیاتمہٕ رامایِنس منٛز بلکہِ چھےٚ یہِ ڈلیل سنسکرت زبأنی ہنٛدِ ہے "آنند رامایِنس[2]" منٛز ووٚں گوٚاتہِ چھُ مہراونہٕ بدلہٕ اَہراوٗن یُس صرف لکھمنس ژوٗرِتھ پاتال واتناوان چھُ ۔ اَتھ منٛز تہِ چھُ ہنومان ہنٛدِ ہن شُرہِن ہُنٛد ذکر۔

[1] یہِ ہیٚکہ مقأمی اثرٕ آستھ تہٕ ممکن چھُ زِ یمن تہذیبن منٛز آسہِ ہےتتھ دورس منٛز Incest جأیز۔
[2] آشا بھارتی، رامایِن کے ناری پاتر (ہندی) ص ۲۵

سہل زبأنی ہندِس ورتاوس ستۍ ستۍ چھےٚ پرٚکاش رامن یہِ ووپر
ڈلیل کأشرِ ماحولہِ تہٕ فضاستۍ رنگنچ کوٗشش تہٕ کرِہو۔ کأشری تپرتھ، پوشہِ
ذأژ، باغ، بال تہٕ ونن ہُند یَسلہِ ورتاوکرِتھ چھُ أمی نہ صرف اجودھیاتہٕ
ڈنڈک ونس منز کأشُر ہوا نو اتہٕ فضا پأدٕ کوٗرمُت بَلکہ چھُن رامائن کٮ۪ن
کردارن تہٕ کأشرسکوٗنت دِنچ کوٗشش کرِہو۔ مثلن سیتایہ ہُند زمینس تل
غأب گوژھنک قِصہِ شنکر پورِکس شنکرناگس ستۍ وابستہٕ کرِتھ چھُن اتھ کأشُر
رنگ کھورمت۔ شاید چھُ شوز تہٕ سہل زبأنی بیٚیہ مُقأمی ماحول ووتلاونہٕ
موٗجوٗب اوہندرامائن کأشرِ مثنوی ادبکہِ بڑامبارٕ منزٕ الگ سپدِتھ تمن کیٚنژون
مثنوی ین منزٕ شأمل سپدمُت یموعوأمی سوٗتھرس پیٹھ مقبوٗلیتھ پرٛأو۔

وون گوضروٗری چھُنہٕ زِ کانہہ مقبوٗل فن پارٕ کیا آسہِ فنی لحاظہٕ بُلند۔
یتہِ چھُ یرٛزِ پرٚکاش رامُن ''رامہٕ اوتار'' چھُ شعری خوٗصوٗصیو وبجایہ پننہٕ
عقیدتی تہٕ بکھتی تِژلیہِ موٗجب مقبوٗل سپدمُت تہٕ پرٚکاش رامُن مقصد تہٕ
چھُ پرٛژ شأعری تخلیق کرنہٕ کھوتہٕ پنُن بکھتی جذبہٕ باوُن اوسمُت۔ کُنہٕ کُنہٕ
چھُ لتس یُہے مقصد پننہن فنی صلاحیون ہُند بر پوٗر اظہار کرنس حأیل
سپدمُت۔ رامائنک پلاٹ چھُ پننہٕ باڈٕ موٗجُب تیٚتھ زِ اتھ منزٕ چھِ رزمیہ یکۍ
گون تہٕ تہٕ رام تہٕ سیتایہٕ ہنٛدس ہجروصلہ کس داستانکس صوٗرتس منز بزمیہِ
گون تہٕ۔ ووٚنی اگرأمہِ ڈلیلہِ ہنٛز باوتھ کأری باپتھ چھُ رابزمیہِ اندازٕ ورتاوو

اوسمُت یَس لۆکن دُنیاوی زندگی ہنٛد بو دولابونشہِ ہنا موکجار دِتھ تھدِ پاچ
مسرت تہٕ فرحت بخشہِ ہے۔ دھارمک نۆعیتکۍ بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ رامایِن چھِ پننیٚو
فنی خۆصوصیٚو موٗجب پننہِ زبانۍ ہنٛدی نُمایندٕ فن پارٕ بنیمٕتۍ ۔ ہیٚندی ٹیک
''تُلسی رامایِن'' بنگالی ''کرٛت واس رامایِن'' مرأٹھی ''سیتا سویمور''
آسامی مادھوکندلی رامایِن ،تامل ''کمب KUMB رامایِن'' تہٕ تیلگو ''دیو
پدرامایِن'' چھےٚ یِتھ کینٛہہ مثالہ یمن ستۍ نہٕ کأشرۍ رامایِن یمن منٛز پرٛکاش
رأمُن رامایِن تہِ شأمل چھُ مقابلہٕ کرِتھ ہیکن تکیازِ یمن منٛز چھےٚ کینٛہہ فنی
لغزشہِ۔ مثلن نی تو ''ویشنو پرٛتاپ رامایِن''۔ اَمِچ روأنی چھےٚ اُردو، پنجأبی ،
ڈوگری تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛد ستہٕ سأسی ورتاوٕ ستۍ مُتأثر سپز مٕژ تہٕ باضے چھُ
قأری تہِ یہِ سونچان سونچان راوان زِ یہِ کمہِ زبأنۍ ہنٛز تخلیق مانہون۔ چنانچہِ
ویشنہٕ کولس چھُ رامایِن کأشرٚن شعرن منٛز وکھناونہٕ بجایہِ پرٛتاپ سنگھ خوش
کرُنک مقصد ٹوٹھ اوسمُت ۔ اَمہِ سبہٕ چھُ تمۍ پنُن فن اَتھی مقصدس پٮ۪ٹھ
قوربان کۆرمُت۔ ووں گواَتھ مقابلہٕ چھُ پرٛکاش رأمُن رامایِن سرس تیچ
زبان شۆزتہٕ سہل چھےٚ ۔ کُنہِ کُنہِ یۆ دوے سنسکرت تہٕ فارسی زبأنۍ ہُنٛد
لفظت تہِ ورتاونہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ عام فہم تہٕ عام ورتاوک ۔ اتھ منٛز چھُ
محاورأتی زبأنۍ ہُنٛد ورتاوتہِ پرکاش رامنٛز خۆبی چھےٚ یہے زِ اَمۍ چھُنہٕ دوٕ پر
زبأنۍ ہُنٛد بور زورٕ پانس کھورمُت۔

لِٹہٕ وُچھنک منظر چھِ جان شاعری ہٕندی نموٗنہٕ تہٕ پرٛکاش رامنہِ فنی صلاحیتُک ہٕند انداز چھُ تتھٕ ے شعر وتلہٕ سپدان ۔ یتھی ہوی شعرٕ نموٗنہٕ نظرِ تل تھاوِتھ ہکوٚن ''رامہٕ اوتار ژرِت'' کاشرِ مثنوی ادبُک اکھ موٗلُل فن پارٕ مانِتھ تہٕ ہرگاہ کُنہِ فن پارُک موٗل یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ آسہٕ زِ یہِ کتھ حدس تام چھُ قاری ین ہُند دِل رٔنزنأوِتھ ہٮ۪کان تیلہِ چھُ ''رام اوتار'' کاشرِس ادبس اکھ بیش بہا برٛ ژرِ تکیازِ یہِ چھُ کاشرِ مثنوی ادبُک سُہ فن پارٕ یُس پتہٕ موتہٕ ییو ژورو پیر ہو پٮ۪ٹھہٕ کینٛہہ ؤری برونٛہہ تام وندچن ہرنٛبن رأژن منٛز الہٕ پلہٕ پرٛتھ بٹہٕ گرس منٛز پرنہٕ یوان اوس ییمہِ سٟتی کاشرن ہٕندِس رام کتھایہٕ ہٕندِس مونٛڈ ییمِتس یادٕ ؤترِس نوٚ پین لٔج ییمہِ کہ نتیجہٕ رامایِن کٮ۪ن اساطیرن واقاتن، حادثن تہٕ منظرن ہُند دُنیا سانہِ دوہ دشکہِ بول چالُک تہٕ دوہنہٕ باوژہُند اژھبن انگ بنیو و ۔ چنانچہٕ اگر پرٛکاش رامس برونٛہہ کاشرِ شاعری پٮ۪ٹھ نظر تراوو شاید گوٚھنہٕ اَسہِ شیخ العالمسؒ ورأے کُنہِ تہٕ رامایِن کٮ۪ن کردارن تہٕ قصن ہُند تخلیقی ورتاو نظرِ ۔ مگر پرٛکاش رامس یور کُن یوٚ دوے اُسی پننس ادبس چاہے شاعری آسہٕ یا نثر، ژھانٛڈ دِمو اَسہِ گوٚھن رامایِن ماخذ چن علامژن، تلمیحن تہٕ تمثیلن ہیترٕ ہنٛزٕ مثالہٕ ہانظرِ ییمہِ یہِ کتھ ہاوان چھِ زِ کاشرِس منٛز چھُنہٕ رامایِن چھُر اکھ مثنوی بلکہِ چھے دوہنی اَمِچ اڈرن سانٛس سوچس تہٕ فکرِ سٟتی تہٕ ۔

امیُک مجموٗعی توٗثر سپد متأثر تہٕ ہرگاہ چھرارزمیہ انداز ورتاووتمہٕ ستۍ تہٕ سپد شأعرانہٕ فنس منٛز خلل ۔ پٕرکاش رام تہٕ چھُ چھرا بزمیہٕ اندازس لوررٕ دمُت ییمہٕ سبہٕ اَمہٕ ڈٟلیلہٕ ہنٛز تاثرأتی توٗژھ پوٗر پأٹھۍ بروٗنہہ کُن چھنہٕ آمٕژ ہرگاہ ٹُمۍ کانٛہہ درمیأنی وَتھ رٹمٕژ آسہٕ ہے ممکن چھُ زِ تسنٛز شأعری آسہے زیادٕ جاذِب نظر۔

پٕرکاش رامن چھُ کُنہِ کُنہِ قصہٕ غأرضروٗری طور ژھوٗٹرووُمت تہٕ کُنہِ کُنہِ زیٛٹھر ووُمت ۔ مثلن دوبٕ سنٛز غابَتھ تہٕ کھردیوٕ سُند جنگ چھُ اشارتاً باونہٕ آمُت ۔ اہلیایہٕ ہنٛز ڈٟلیل چھےٚ بلا وجہ دوٗیہ لٹہِ دنہٕ آمٕژ ۔ کیٛنژن کتھن منٛز چھنہٕ ڈُمبل تہٕ تھووُمت ۔ مثلن تارأ سا سگریوٕ سنٛز آشِنی کِنہٕ وأنٛلی سنٛز یہِ چھنہٕ واضح سپدان ۔ یا ناگن ہنٛز ماجہٕ سورسایہٕ ہُند ذکر چھُن مُذکرس منٛز کوٗرمُت ۔ کیٛنژن مکالمأتی شعرن منٛز چھےٚ أکی ہے خیالس ٹأنٛٹھ کھارنہٕ آمٕژ یَس غأرضروٗری طوالتُک باس دوان چھےٚ ۔ یہِ طوالتھ چھےٚ کیٛنژن لیلا ین منٛز تہٕ ۔ اَتھ منٛز موجوٗ دلیلا یُن ہُند گُنجار چھُ یہِ کتھ بروٗنہہ کُن انان زِ پٕرکاش رامُن مقصد چھُ راماِنچ ڈٟلیل وننہٕ کھوتہٕ پننہٕ بکھتی لولُک اظہار کرُن اوسمُت ۔

وون گوٚامہٕ سأرے باوجوٗ دتہٕ چھنہٕ اَتھ منٛز تھبن شعرن ہنٛز کٔمی ییمہٕ دلکش واقعہٕ نگأری تہٕ جذباتھ نگأری ہنٛدی رٕتی نموٗنہٕ چھِ ۔ راونہٕ سنٛدِ ڈٕسی سیتا ژوٗرِنُک واقعہٕ، سیتایہٕ ہنٛز اگنی پریکھشا تہٕ رامہٕ سُند لوٚتہٕ کوٚش گوڈنچہٕ

بدل لفظن منز بادنہٕ یتھ ـــ

مُہہ سہنٛدِ سُمہِ کنہِ یتھٕ رے دار چھٕے

یم تارِ گیہ تم دشہِ اوتار چھی

دہ شُمر ادئہ خدمت گار چھی

کرٕ ژ دشہار گرٕ ژ دشہار

پرماتماتہٕ اَپَر

دیشہِ کالہٕ رٔوس تہٕ ست گور

بوٚ رمُت ییٚمی ژراژر

سہز وبۄار کرُن

اومس ارتھس او ہکس نیاے چھُ دژ امُت

اومایژ لےاوم زِندے چھُ مۆ دمُت یے

کبتھ پان سوپنس یُتھ زِشونگتھ چھُ رۆ دمُت یے

یی چھُکھ تی چھُکھ چھُکھ نہ بیٚون ۆچھۆن یے

مون زِ پرماننٛدنہِ زبأنی چھُ عٔلمی اوبرگو بر یمہِ مۆجب یہِ کیٛنٛون

لۆکن ہنٛدس فہمس منز چھےٚ نہٕ یوان۔ ووں گو ہرگاہ اَتھ وارِ سنو تیلہِ ہیکہِ

# پرمانندُن زبأنی ورتاو

پرمانندنہِ زبأنی متلق چھُ اکثر یہِ وننہٕ یِوان زِ یہِ چھےٚ مشکل تہٕ سنسکرت آمیز۔ مگر اَمہِ خأطرٕ چھنہٕ یہٕ خطادار۔ امیُک وجہ چھُ یُہ ماحول یتھ منٛز تَسنٛز شأعرانہٕ شخصیتھ پرٛتھیہِ تہٕ بڈٕ یہِ۔ سوامی جی اوس اَکھ پایہِ بۄڈ یۄگی تہٕ فلسفیانہٕ مزاژُک شأعر۔ تہنٛز شأعری ہٕنٛدس پۄت منظرس منٛز چھُ ہٕنٛد و فلسفُک سۄ دُرلُبہر ژھٹان۔ اَمہِ سبہٕ چھُ تَسنٛز شأعری منٛز امہِ فلسفکۍ اصطلاح تہٕ لفظ یَسلہٕ پأٹھۍ آمتۍ۔ اَکھ ٹۄٹھ تہٕ سراپا کرٛشنہٕ بکھتی آسنہٕ مۄجُب اوس لأزمی زِ یُہ ورتاو ہے شعرن منٛز ہٕنٛدو دیومالاتہٕ درمکۍ اصطلاح۔ یمہِ سبہٕ تسنٛز زبان مشکل چھےٚ باسان۔ تَسنٛز شأعری ہُنٛد اَکھ باگہِ بۄڑُت حصہٕ چھُ عقیدتی یتھ منٛز کرٛشن تہٕ باقےٚ دیوی دیوتاہن ہنٛز آرادناتہٕ توتاہ کرنہٕ آمُت چھےٚ۔ اَمہِ خأطرٕ پیٚوٚ وَتھ ہٕنٛدوستأنی زبانن ہُنٛد اتھہِ دارُن۔ غرض تَسنٛز شأعری ہٕنٛدی موضوٗع آسی تمہِ نوعیچکۍ زِتھ پیٚوٚ مروجہ ادبی زبأنی بدلہٕ اَکھ نۄو طرز اِظہار پننہٕ باپتھ وٚری یاف کرن مثلن یم کینٛہہ شار کیاہکہِ ہن

شأعرن ٲستی کروتیلہِ باسہِ زِ تِہندِ زبان تیٚژ غأرفہم تہٕ مُشکل ۔ اما پوٚز یہِ چھُ نہٕ ضروٗری زِ أکس تخلیق کارِ سُند سوٗرُے فن کیا آسہِ پاسہٕ سون ۔ اَتھ چھُ رَل تہِ ہیٚکان أستھ ۔ مگر تمہِ ٲستی ہیٚکو نہٕ تِہندی تم شعرٕ تجربہٕ نظرانداز کٔرِتھ یمن منٛز تِہنٛز شأعرانہٕ تہِ فنکارانہٕ شخصیژ تہٕ تخلیقی صلاحیژ ہُند بہار تہٕ جہار پوٗرٕ پأٹھی پھولِتھ آسہِ آمُت ۔ مثلن وُچھی تو توٚم کیٛشہ نوٚمونہٕ ۔

براندس داوٕ لوٗکہٕ پال لٔرِتھ ڈولنہٕ
شاندس پیٚٹھ وُژھی ساوانو
داندس بٔژبس شیوٕ جی زاگانہ

تارگومُت تارامنڈل
دیو گُنہِ کنٛز آمژ ودل

وُچھِو گوڈنِکس بندس منٛز کتھ پأٹھی چھُ سادٕ تہٕ سہل لفظو ذٔریعہ الگ الگ پیکر ترأشی کٔرِتھ بژکھابنہِ گرٕچ تصویر بروٗنٹھہ کُن اننہٕ آمژ ۔ تتھے پأٹھی چھِ دوٚیمس منٛز عام فہم زبأنی ذٔریعہ سوٗرُے تارک نب زِندٕ زوٗ کردارن ہٕندس صوٗرتس منٛز بروٗنٹھہ کُن یوان ۔ یَم شعرٕ پٔرِتھ تہٕ بوزِتھ کُس ہیٚکہِ تو ہمتھ لاگِتھ زِ یِہ پر ماننہ کیا چھُ عام فہم زبان ورتاونس بے مأل لاگان یا یہِ زِ سُہ کیا چھُ پٔرِتھ ساتہٕ مشکل زبان ورتاوان ۔ پزر چھُ یہِ پر ماننہ چھنہٕ زأنِتھ مأنِتھ

تَسُنٛد یوٚ ہے اند ازِ بیان تِسٕنٛز پھیرِ ہاوخوٗصوٗصیتھ اَستھ ۔ پَننہِ سری روٗحجانہٕ موٗ جب چھُ سُہ للہ دید ہٕنٛد ین قبیلہٕ کِین شاعرن ستیٖ شامِل سپدان ۔ اما پوٚز پننین پیشرون نِشہِ چھُ سُہ بقولہِ راہی پننہِ "تاویل پسند شوقہٕ" کِنۍ الگ مقام پرٛاوان ۔ یُہ ہے روٗحجان چھُ تس اَکھ منفرد وصف تہٕ اَمہِ کی اثر چھُ سُہ پننین لفظ تراشی ہنٛزن قابلہِ قدرِ صلاحیژن ہُنٛد ثوبوٗت دِوان ۔ سُہ چھُ لفظن ہنٛز ژٹھ کپٹھ مَنشہِ مطابق کران تہٕ یتھہٕ کٔنۍ چھُ کاشرِ زبانۍ منٛز موجوٗد اظہار بیان کِین اِمکانی قوژن نیشہِ ناوان ۔ کانٛسہِ تہِ شاعرس غارمونوٗس تہٕ غارفہم زبان ورتاونچ توہمتھ لاگنہٕ بروٗنہہ چھُ ضروٗری زِ اَسی دِموتھ پزرس کُن تہِ توجہ زِ زبانۍ ہنٛز یہِ غارفہمی ترٛاے ماچھےٚ موضوٗع کہ نورٕ موٗجب تخلیقی مجبوٗری ہُنٛد نتیجہٕ ۔ ووٚں گو یِمہ کتھ نش تہِ ہیکو نہٕ قطعی اِنکار کٔرِتھ زِ کُنہِ ساتہٕ چھےٚ پرمانندس فلسفیانہٕ ترٛاے غالب سپدان تہٕ سُہ چھُ تمہِ ساتہٕ فنہٕ کیو تقاضونشہِ غفلتھ ورتاوِتھ پننین تخلیقی صلاحیژن بروٗنہہ کُن پِنس روٗٹ کران ۔ یِتھین موقن پیٹھ چھےٚ تسٕنٛز زبان پزٕ ی پاٹھۍ گوٚب تہٕ غارفہم بنان ۔ یِژھ زبانۍ ہنٛد ورتاو چھُ غارضروٗری باسان تہٕ باضے چھےٚ یِژھہٕ زبان بناوٹی تہِ باسان ۔ یہٕ نوٗقص چھُ تَسُنٛد ین الہٕ پلہٕ سارنٕے ہمکال مثنوی نگارن منٛز تہِ ۔ یِہنٛزن مثنوین منٛز فارسی لفظن ہنٛز یَسلہٕ برمار آسان اَس تہِ کاشُر لفظ اوس گاہ بگہٕ ہے زنتہٕ چارٕ ی ہاژِلوٚ گُمت باسان ۔ ہرگاہ پرمانندن مقابلہٕ تِمن

سادن چھُ سُے پھل منگانو
ٹوٹھس رادا سہتِ کرشنہٕ بھگوانو
ژ بتھ، ومرشہِ، دپتہ مانہ بھگوانو
انیوٚ نتان اَن چھُ تمکُے وِ گنے
کرزون یمو زِ تیاگ گوس غرضین
پرٕ مانندتس روزی الگنے
لگہٕ نے تتہ، گُنہِ کیاارزن

ژھاران جنگل تہٕ بیٚیہٕ بیابانہٕ
وبا پکس گُنہِ چھُ نہٕ وبا پانو
رشہِ روٚس ریٚشی لتس نش چھِ واتانہٕ
ژ بتھ وِمرشہِ دپتہٕ ملنہِ بھگوانو

لفظن ہنٛدی یم نوٚہنہٕ تہٕ نبرل ورتاوتہٕ انہار چھِ شاعرٕ ہنٛدِ انٛد ازِ بیانٕچ بے تکلفی برونٛہہ کُن انان۔ زبانٛی ہنٛز یہ روانی تہٕ برجستگی چھےٚ شعرن منٛز باونہٕ آمتین تجرٕ بن جوش تہٕ شِدتھ وو تلاوتھ پرن والین تہٕ پانس ستی ییرِ والان۔ گُنہِ گُنہِ چھےٚ جذبٕچ یٚہے شِدتھ پرٕ مانندٕن مخصوص لہجہ مرتب کران۔ مثلن۔

پننہِ زبأنی منز اوبر گو بر اَنان ۔ بُلکہِ چھُ یہِ مخصوٗص تخلیقی تجربکہِ تقاضہٕ موٗجُب وۄتلاونہٕ یِوان ۔

بہر حال زبأنی ہنٛد اوبر گو بر تہٕ سنسکرتی لہجہِ اَستھ تہِ چھےٚ پرمانندٕنی زبان میٹھ تہٕ مٔدٕر ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛدس بٔڈہٕ لُکھس نش یس شخص پوٗرٕ پأٹھۍ وأقف اَسہٕ تَسنٛد خاطر چھےٚ نہٕ یہِ زبان سمجنۍ تیوٗ مشکل ۔ پرمانندٔنٛ بجر چھُ یَتھ کتھہِ منز زِ سُہ یَتھ موضوٗعس پیٹھ قلم تُلان چھُ تتھ چھُ سُہ وٕتھ ہنٛز ہش روأنی بخشان ۔ سُہ چھُ زبأنی ہُنٛد ورتاوتمہٕ انمانہٕ کران زِ یہِ چھُ نہٕ گُمانہٕ تہِ گژھان زِ لفظ کیا چھِ تسنٛز زوٗ گشی نیران ۔ بلکہِ چھِ زنتہٕ یِم کھجو کھجو دس بستہٕ روٗ زِتھ تسنٛدس تخلیقی پُھٹھس پژاران آسان ''کرٛشنہ اوتار لیلا'' ''راداسوٗ یم ورتہٕ'' ''شولگن'' بیترِ طویل نظمن منز اگر وٕنٛد قأفین ہُنٛد ہشر یِیمہٕ حسابہٕ پرمانندٔنٛ برقرار تھوومُت چھُ تمہِ سٟتۍ چھےٚ یہِ کتھ تہِ عیان سپدان زِ زبأنی پیٹھ چھےٚ تُمس پوٗرٕ تھپھ تہٕ اَتھ سٟتۍ چھُ سُہ گنٛڈ باشہِ کران ۔ باسان چھُ زِ تُمس نش چھُ لفظن ہُنٛد اکھ نہٕ سوٗرٕ وُن سوٗ دُریُس سُہ کُنہِ تہِ تکلفہٕ ورأے ورتاوان چھُ ۔ لفظن ہنٛز ژٹھ کیٹھ تہِ چھُ سُہ منشہِ تہٕ مرضی مطابق کران تہٕ یہِ تراش خراش چھےٚ نہٕ کُنہِ پأٹھۍ تہِ شعرچہِ روأنی اثر انداز سپدان ۔ مثلن نوم کینٛہہ مثالہٕ وُچھو: ۔

پرمانند تتہِ پادن وٕنہٕ پوٗلنہٕ

دوہہ دوہہ یژ کال یُتھ حال آسلنہٕ
راتھک نہٕ کاٗنسہِ یادروزانو
نِو نِو باشہِ یام نۄوگاش یولنہٕ

پرماننددنتہٕ سوداُمن
دوٚدرِس گلو سےٚ پیا بامُن
ہرٕ دِچہٕ زٔردی پوش پھولہٕ ناو
دِیہِ نے دلتہٕ یُس منگہ نے دزاو

محاوراٗتی زباٗنی ہُنُد یہِ ورتاوچھُ یہِ کتھ تہٕ دزیٹھمان کران زِ سُہ چھُ کُنہِ تہٕ شاعٔرلنہٕ کفیوٗ ہٕنٛز باوتھ کرنہٕ بروٚنٛہہ زباٗنی ہِنٛدِ اظہار بیانکی ساٗری امکان ژھنڈان۔ یِلہِ تس یہِ باسان چھُ زِ سُہ ہیکہِ مُروجہٕ محاورن ہِنٛدِ ذٔریعہٕ پننٕز باوتھ کٔرتھ سُہ چھنہٕ تیٚلہِ وہ پرزباٗنین پتھ دوران۔ امہِ ہٕتی چھےٚ یہِ حقیقتھ تہٕ ٹاکارٕ سپدان زِ زندگی ہٕتی کُوتاہ نزدیکی سان چھےٚ تٔمی موکھہٕ مُداٗ ے گرٕہتھ تہٕ امہِ کٔتِن حاٗدثن تہٕ حاٗری شاتن ہٕنٛز کواسٕر نی زان چھس اٗسمٕژ۔ نہٕ صرف محاورٕ تہٕ ذِیتی بلکہِ مُشراوٕمتی تہٕ منساوٕمتی لفظ تام چھِ تسٕنٛزِ شاعری منٛز تخلیقی شعوٗرٕ چ تہہ داٗری سان جلوٕ گر۔ زباٗنی ہِنٛدِ امہِ انمانہٕ ورتاوٕ موٗجُب چھُ پرماننددنہِ دورٕ کٔتِن لیلا گوشاعرن منٛز اکھ اہم مُقام پژاوان۔

گِند ناوٕ چھُ زِندٕ مرن
سہزٕ وہٕوار کرُن
پانہٕ رۄس پان سورُن

کاسہِ ییمہٕ بے چون پزٕ ییم تہٕ لولو
نیٚو ن مرُن تہٕ یُن گوھن چھِے بزم تہٕ لولو
گال ہن ہن کالُک تژ اس مُشراو
زال مر مر سور وسواس مُشراو
ورنہٕ آشرم گرِتھ سنٛی یاس مُشراو
بۄ دپنہٕ نُے چھُ سۄ دسو ہم مُشراو

زبٲنی ہنٛز خۄبصورتی چھےٚ محاورٲتی زبٲنی ہنٛدِ ورتاوٕ ستی ہُر رولنہٕ آمٕژ ـ امہِ ستی چھُ اتھ منٛز میچھر تہٕ پٲدٕ سپدُمت ـ عام ورتاوٕ کِنۍ ییمن محاورن تہٕ ڈپتن چھُ تخلیقی اعتبار عطا کرنہٕ آمُت ییٚمہِ ستی اند از بیانس منٛز شوزر آمُت چھُ ـ مثلن ـ

نارٕ دزٕ اوسون گوشدکایہِ رۄس پانہٕ
وارِ ٹس آمہٕ تاونٛیر انو
چھاۍ دِتھ چکہٕ چاو پانس برلنہٕ

ہُند فلسفیانہٕ اوبر گو ببر تہٕ فکری سنر مولنٲوِتھ۔ اماپوٚ زامہِ باوجوٗد تہِ ہکہِ یہِ زبانٛی ہٕندس دٲخلی سوٗتھرس پیٹھ بوزن وٲلی سُندمن رٹِتھ نٲوِتھ۔ نی تو توم کینٛہہ شعر تہٕ ؤچھ توٚ لفظہٕ تکرارٕ ستی کنھ سازٕت چُھ آہنگس منٛز وو پدیومُت۔ مثلن۔

پرمانند پرمہٕ آنند پرٛاوِتھ
نُوی نوٗرٕ کی جنٛدٕ پرٛاوِتھ
برگو ھیٕ سوٚنتہٕ زن نتہٕ اژتم بر
ہر ہر ہر شو شنکر جی

لفظن ہند اَمہِ انمانہٕ ورتاو وُچھتھ چھُ مشہور ہندی شاعر "بہاری" یاد یوان۔ لفظن ہندِ یتھ ورتاوٕ ستی چھ دُمانیت تہِ پاٛدٕ سپُد مُت۔ مثلن۔

ژمہِ لیس وونٕدلس ژمہِ پیٚیہٕ نار
ژمہِ شال زن پوٚ داسہِ سہہ نار

پان مُشراوِتھ مے پشراولنہٕ
پوشن زِرنگ چھا پوشانو
پُشہِ ترٲوِتھ یَس لس پُشہِ پھوانہ
وُچھو یہ آوازن ہُند تکرار کیٚتھ رٔنبہٕ وُن چھُ باسان

پرکاش رام کرٕی گامس مُتلق چھُ ونن یوان زِ سُہ چھُ زبأنی ہٕندِس مالس منٛز کُنہِ توصُبہٕ روٚس۔ تِکیازِ تٔمی چھےٚ شوٗزتہٕ سہل کأشر زبان ورتاونس ہٮ۪تی ضروٗرتہٕ وِزِ سہل سنسکرت لفظن ہٕندی پأٹھی فارسی آگرٕکی لفظتہٕ استعمال کرٕی ہٮ۪تی۔ یوٚ دوے پرمانندنہِ شأعری وارٕپأٹھی سنو یہِ زبأنی توصُب باسہِ نہٕ لتہِ تہِ تِہُندِس کلامس منٛز چھُ فارسی آگرکین لفظن تہٕ لکہٕ کردارن کہو تلمیحن ہُند ورتاوتہِ وون گو یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ تِہُندِس موضوٗعس چھُ نہٕ یہِ فارسی لہجہٕ پوٗرٕ پأٹھی وَیہِ وُن تہٕ پزٕ یہِ وُن باسان۔ اَتھ برعکس چھُ سنسکرتی لہجہٕ تسُند فطری لہجہ باسان۔

پرمانندنہِ کلامچ بیاکھ خوٗبی چھےٚ اَمچ مُوٗسیقی لے۔ سُہ چھُ زبأنی ہٕندِ مختلف ورتاوٕ ہٮ۪تی آہنگس منٛز سروٗرتہٕ مستی ووپداوان۔ اَکی ہے مصرس منٛز لفظن تہٕ آوازن ہُند تکرار چھُ شأعرٕ ہٕندِس لہس آبشارٕکی پأٹھی روان دوان بناوان۔ لفظن تہٕ آوازن ہُند یہِ تکرار چھُ نہٕ شعرس منٛز محض زیبأیش تہٕ آرأیشہِ باپتھ ورتاونہٕ آمُت۔ بلکہِ چھُ پرمانندنہِ فکرٕ ہُند رقصِ اِظہار کس سوٚتھرس پیٹھ تہٕ تتھ پٹن رٕقص آمیز قالبہٕ اَتھی صوٗرتس منٛز پزاوان۔ اَمہِ ہٮ۪تی چھےٚ تسنز یہِ صلاحیت تہِ ٹاکارٕ سپدان زِ لفظن ہُند یوٚ ہے دأخلی سازٕت وُزناونس تہٕ ووتلاونس منٛز کوامہارتھ چھےٚ تس اَسٕو۔ لفظن ہُند یوٚ ہے دأخلی سازٕت چھُ شعرس پرُسوز بناوان۔ شاید ہکن نہٕ کینہہ لوٗکھ اَمہ شأعری

بگوان لچھ گون لول تس برلنہٕ
اچھِ دارِ کوچھِ للہٕ وانو

گوٗری بابہِ پوٚ ترٕزلیہِ یشودلیہِ آے
ڈٕینشی ڈٕینشی دوٚپہس کرٛشنس آے
ویسہٕ تہٕ دلسہٕ یژٕ آسہِ وِسہٕ نٕے
بے سجے سجے دبوگی ننٕدٕ ئے

لفظن ہُنٛد امہِ گاچہِ ورتاوچھُ تیوٗت برمحل زِ اَکھ لفظ تہٕ یوٚ دوے
اور یور ڈالنہٕ یا تراونہٕ یِیہِ سازُک یِہِ گمبند سپدِ چھلہِ چھلہِ۔ امیٚ ستیٚ چھےٚ
سوامی جینٛ تخلیقی رَووار یاہن جاین تیز، زوٗ دار تہٕ زوردار بنیمو۔ پرن وول
چھُ اَتھ ستیٚ اَلنہٕ ولنہٕ تتھ شعرِکس زیرو بمس ستیٚ پیٛرٕ وسان تہٕ شعر پرٛتھ
چھُ پرن وول تہِ دم دِتھ یِہِ وچھٕ ارُن ہوان زِ شاعرن کتھ عالمس منٛز چھُ
سُہ واتنووُمُت۔ تتھہٕ پأٹھی چھُ سُہ اَتھ دُنٛی یہس أژی منٛزی گوھنچ
کوٗشِش تہِ کران۔ دراصل چھےٚ جان تہٕ زوٗ دار شأعری ہنز پچھان تہِ یی زِ
شعر پرٛتھ یا بوٗزِتھ گوھِ قأری تہِ پنٛن ذہن کامہِ اُنٛن یُتھ زانٛی ہنٛدی
بروٗتھی سپدان۔ وۄٚں گو باضے چھےٚ شأعرن أکی ہے شعرس منٛز رلہٕ مِلہٕ
زبان ورتأوِتھ پنٕنس شأعرانہٕ فنس زورٕ زکھ واتنوُمت۔ تتھبن موقن پٹھ

براہمنہ بڑمہ زینہ بروٚنہہ سُمری زِے
ژمہِ ژُمرسہ یُس ژم چھےٚ ژمان
سٗری زِنہ پانہ سرن بتھ مُری زے
سٗری زے تنہ منہ ست گوڑ دپان
اتھہ چھوٚن تہ بتھہ نوٚن اوٚن زن کُیے
وٚنوٚن لوٚگ رٹہ نے یارس کُن

وُنن چھُ سپُن تہ بنن داوے
سُنن زن جگرس لوٗلُک کان
تنہ منہ نتہ تنہ تتہ گاٗمتی یے
سُتی یے شوٗجی پانے اوے

ہم وزن لفظن ہُند ٹُل تراوچھُ شعرس منز اَکھ نرمل سازٕت پاٚدٕ کران تہ یہ سازٕت چھُ پرن والس وندس تھپھ ژھنِتھ شعرٕکس عالمس منز دودو کرناوان ۔ ہم وزن لفظن ہُند ورتاواکھِ خاص تنوسبہ تہ رواٗنی سان ورتاٗوِتھ چھِ شعرٕ سلی بنیمتی ۔ مثلن دٕ چھونوٚم کیٚنہہ شعر:۔
مایایہِ ستمن ژٕ شلیہ شلیہ آسانہ
کایایہِ منز تہ بیوٚن روزانو

یتہٕ یتہٕ زنہٕ زنہٕ یِژ گاہ موگتہٕ

گتہٕ پچھ کوٗتاہ گوٗٹ آکار

نتہٕ آکاشہِ بووِ کیا وِ کیا ژھتہٕ

کتہٕ سکتہٕ ہی مکٹ دأری

ہوٗل ہوٗل یا پاپن گوٗب بورتہٕ ڈبجہ لتہٕ

لتہِ بارکتہِ کاٹھ گٔہی ولتہٕ گاٹھ

وَتھ دوٗر ریندرے ژوٗر برٔستہ وتہٕ

کتہٕ سنکتہٕ ہی مکتہٕ دأری

یہِ چھےٚ دراصل مۆجہِ تہٕ میٹھ لےیوس پرمانندنہٕ شاعری ہندِ آہنگہٕ منز وو پدٕ ہیو چھےٚ تہٕ تیٖجِ موسیقی پرن وألی ہنٛزن رگن رگن تیلان چھےٚ۔ یم چھےٚ نوبن زمینن تہٕ لین منز شاعری گرہو یم صرف بظأہر مشکل باسان چھےٚ۔ رنگہٕ رنگہٕ لین ہُند یہِ گہمل تہٕ گنجار چھُ ردیف تہٕ قافین ہندِ نوبرٕ ستی تہٕ وو پداونہٕ آمت۔ شعرٕچ نحوی ترکیب یتھ منز لفظن ہنٛز ترتیب، آوازن ہُند زیر بم، بحرن تہٕ لہجٕ کھسہٕ وس شأمل چھےٚ یم سأری عنصر چھِ شعرکس توٗرس پُراَثر بناوِتھ احساسن ہنٛز شدٔژ تہٕ بُرٔزرکران۔ پرمانند چھُ باضے لکہٕ لیہِ نکھہٕ آمت۔ "لوسہٕ ناوتھس غوصہٕ تراومیوئیے" آرس منز اژاوے دسمپچا کرنس چھےٚ ڈالہٕ تہٕ شامہٕ سوندر مورلی وولےٚ 'بیترٕ وژن چھِ یوٗہ کیٖشہہ مثالہ یمن منز

چھےٚ تخلیقی عملہِ ہنٛز آزٲدی برعکس یہِ شعر گرنچ شۆعوٗری کوشش باسان۔ یِتھبن شعرن منٛز نہٕ چھےٚ سوموسیقی تہٕ نہ سہٕ لہجک زیر بم ییٚس پرماندس منٛز أسی اکثر جاین ؤچھان چھہِ۔ مثلن ۔

ژ ندنہٕ أندرِم تب شہلیو کھ

گٹہِ رأ ژ منٛز چڑھ گیا چند

کینٛہوٚن نقادن ہُند وُنُن چھُ زِ پرمانندنہِ شاعری منٛز چھُ وزن برلیہِ نام۔ یہِ چھےٚ نہٕ حقیقتھ۔ دراصل چھےٚ تسنٛز شاعری وژنی لیہِ آہنگس پیٹھ یوس نہٕ فارسی عورۆضن ہنٛز کھوچہِ کھأرتھ ہیکہِ ہوٚن۔ اَمکہِ دبأوی لہجہ نش گوٚھ قأری تہٕ خبردار آسُن زِ کتمبن تہٕ کتھ لفظس پیٹھ چُھ دباو۔ ہرگاہ اَتھ فارسی بحرن ہنٛز کھوٚٹ لاگواَسہِ گوٚھُن واریاہن جاین اکی شعرٕ کبن دون مصرن منٛز مختلف روکن نظرٕ ۔ پرمانند چھُ باضے رٔدیف قأفین ہنٛز شٕتھہٕ پابندی نشہِ موکجار پرأ ڈِتھ اَتھ موقٕہ محل تہٕ منشہِ مطأبق ترمیم تفہیم کران۔ باضے چھُنہٕ کُنہِ وژنس یا نظمہِ منٛز تس نش کانٛہہ تہِ مستقل ردیف روزان وۄں گوی ژھن جاین چھُ قأفیہِ تیۆت لۆیہٕ وُن آسان زِ ردیفک نہ آسُن چھُ نہٕ کنہِ پأٹھی تہِ محسوٗس سپدان۔ مثلن:

تراہہِ مام تراہہِ مامِ پاہے مُرأری

کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مکٹ دأری

# ''واو'' مہجورٕ ن قاصدِ پیکر

واو صبحک بوے خوش شبنم تہٕ بُلبل نغمہٕ خوان

گُل چھُ پیغمبر بہارُک ییٚتی یم ژور یار

یم ژور یار یعنے واو، شبنم بُلبل تہٕ خوشبوے ییتھہٕ پأٹھی گُلس ییٚتی

زُلتھ بہارُک پأراو کران چھِ تتھے پأٹھی چھِ یم سأری مہجورنہٕ شأعرہٕ ہنٛدس

باغس مأری منٛز بخشان۔ مہجورٕنی شأعری چھےٚ کأشرِس شعرٕ ادبس منٛزنو بہارُک

پرتو۔ اَمہٕ نوِ بہارُک پرتو چھُنہٕ صرف تٔمی سٕنٛز شأعری منٛز معنوی سوٗتھرس پیٹھے

یوٗت بلکہِ چھُ بہارُک ماحول تمہٕ سأ دروار زبأنی ڈٕسی تہٕ وہ تلاونہٕ آمٕت یوسہٕ

زن مہجورنہٕ خوش طبع مزاز کی پأٹھی برجستہٕ چھےٚ۔ بہارکو ییموٕ ییٚتی باجو منٛز چھُ

''واوُک'' ورتاو أہنٛدس کلاس منٛز یسلہٕ پأٹھی میلان۔ امہِ لفظکی ییٚتی اِکأنی

معنوی پہلو مہجورٕن گاشرأوٕمتی چھِ تیٚتی چھُنہٕ شاید کأشرِس شعرٕ ادبس منٛز کأنسہٕ تہٕ

شأعرس نش درینٛٹھی گوٚھان۔ اکثر جاین ییٚتہٕ ییٚتہِ اَمہِ لفظک ورتاوٕ ہنٛد ڈٕسی کرنہٕ

آمٕت چھُ تٔمی سُند تخلیقی جودتھ چھُ پھیرٕ باوٕھسوٗ سان نوٗن وژ امُت بارہا چھُ

سُہ اَتھ لفظس علاوٕ ہنٛد معنہِ ساو برتہِ پأدٕ کرتھ ہیٚو کمُت۔ امیُک ورتاو چھُ

سانہِ شأعری منٛ تٔمس بروٗنہہ تہٕ تٔمس پتہٕ تہٕ کرنہٕ آمٕت۔ لَل چھےٚ اَتھ پٔتھ

روٗحأنی جُستجوچہِ عملہِ ہنٛدِ شأعرانہٕ اظہارٕ خأطرٕ ورتاوان ''موچھِ ییمی روٗٹ مٔلی

شأعرہٕ سندی لفظ از بیانن لگہٕ لیہ تہٕ لگہٕ آہنگچ ترا ے رٔٹھو چھےٚ۔ پرمانندچھُ یم ساری ول کامہِ اُنتھ پننہٕ اِنفرادی باوٕژنہِ لتا بروئہہ کُن انان۔

پرمانند نہٕ شأعری منز یۄ دوے زیاد پہن باوتھ روحانی تجربن ہنزٕ ے چھےٚ اما پۆز تم لُکھ ییم صرف لولہٕ نغمن ہندی مُتی چھِ تم تہٕ ہیکن اَمہِ نشہٕ حض تُلتھ۔ دیہٕ لولکی ییم مۄہلی تہٕ میٹھی آلوپٕرتھ تہٕ بوزتھ چھُ یہِ محسوس سپدان زِ زنتہٕ شأعرسُند دیشُمنت آلو اسہِ پننہٕ نی ووندٕ دزامُت چُھ۔ یتھہٕ پأٹھی چھ تسنز شأعری ہندی مُختلف رنگ تہٕ ووتلان۔ یۄ ہے وجہ چھُ زِلل واکھ تہٕ شیخہٕ شُرکِ یتھہٕ پأٹھی کأشربولوکو دِلس گھنتھ تھاوی تتھے پأٹھی کرِ کأشربو اُہنزن لیلاین تہٕ رچھ تہٕ پننہٕ دِلک بوس لۆژ راونہٕ خأطرٕ رۆدی ییم اکثر بجن کیرتن منڈلین منز گوہان۔ امی چھُ پرمانندُن ناونہٕ صرف سأئنس ادبی دُنی یہس منز بلکہِ عام لۆکن ہنز زبو تہٕ سوامی وٕنتھ عزتہٕ تہٕ اکثر امہٕ سان ہہنہٕ یوان۔ امہِ انمانہٕ پننی ووندٕ باوتھ کرتھ دوییمن ہندی دل رٹنز ناوٕنی چھنہٕ سہل کتھ تہٕ نہٕ ہیکہِ امہِ ووند باوٕژہنز کانہہ تہٕ ویژھنے حرفِ آخر اُستھ۔ بقولہِ پرمانند ؎

یہِ پدکیاہ چھےٚ وُنن کرٕ وۆٹھ

سہٕ پرمانندکو ڈیوٕٹھ

وُچھتھ ووٚ نُمت یژاوے۔

☆☆☆

آمتین پوشن ،سونتہٕ کالچہ ووٚدسہٕ دروسہ ہُند، گمہٕ ہٕژ مسولہٕ ہُند تہٕ پوشہٕ نۆلہٕ
سُند دُنی یا کاڈکش کڈان یُس وُنی وُنی صبح دمہٕ کہِ تازٕ ہواہہٕ ستی ننٛمدرِ  وۄتھمُت
چھِ ۔''ہوا'' چھُ تمی ہنٛزِ شاعرییہِ منزٕ اَکہ بسیار جُول کردار ہنٛدس صوٗرتس منٛز
بروٗنہہ کُن یوان تہٕ مختلف جاین چھےٚ تمی ہنٛز مختلف صوٗرژ بروٗنہہ کُن یوان۔
تحریک حُریتس یا حُب الوطنی ہنٛدس جذبس تحت یِمہٕ دوے تمی سُند شعرٕ منزٕ تہٕ
بدلان روٗد امایۆ زیہِ لفظہٕ تہٕ روٗد معنین ہنٛدی نوی نوی کریِٚوھی تراوان۔ باضے چھُ
یہِ لفظہٕ ''واو'' اَکس عاشقہٕ ہنٛد حیثیتہٕ بروٗنہہ کُن یوان تہٕ باضے اَکس ستم گر
معشوقہٕ ہنٛزِ صوٗرژ منز، گہے چھُ اَکس حاٗران کرٕنس پُر اسرار کردارٕ ہنٛدی تصور
وۄتلاوان تہٕ گہے چھُ لولُک سرچشمہٕ تہٕ گُلن ہنٛد زنم داتا باسان۔ کُنہِ جایہِ چھُ
چھرااَکھ قاصد روٗدمُت تہٕ کُنہِ گُلن تہٕ بلبُلن باہم اَکھ منٛزِم یور۔یہِ چھُ مُسلسل
عملہِ منٛز آورمردِ مجاہد ہنٛز علامتھ تہٕ تہٕ مہجورنہٕ انقلابی ژھتہٕ رُک ترجمان تہٕ۔ ہرٕ
واوچہ شکلہِ منٛز بروٗنہہ کُن یتھ چھُ یہِ ستی تخریبی خصلتھ تہٕ باوان۔

مہجورن ہیُوٚ تہٕ ''واوس'' عاشقہٕ ہنٛدِ طرفہٕ معشوقس تام گزاو واتناوُنٕچ سہل
کاٗم۔بلکہِ ہیُوٚ تمی اَتھ شوٗنگتھ گُلشن وُزناوٕنتھ نبش یِمہٕ دِی تہٕ اَن زان سادٕ لوٗح کاشرِ
وُزناوٕنٕچ کڈٕرکاٗم۔یتہٕ باتےٚ شاعر ''واوس'' بُتھ رٔٹتھ پنٛن بوس لوٗژراوان اَسی تہٕ
چھُ مہجور اَتھی نوز مالک آلو ہبتھ تہٕ پنٛنس باغس کُن اژان وچھان۔

آوصبٲک واوتو شان خوش خبر ہیتھ بُلبُلن۔

یا صبٲک واو اوس باغس کُن ونان

یوودواو'' ؤ نتھ چھےٚ سو اُتھ من تہٕ پون یکہٕ وٹہٕ کرہٕنچہٕ کریچھ تہٕ کٔڈ ررٕ ؤحانی عملہٕ ہٕستی مُشابہتھ دِوان۔ مقبول کرالہٕ وأری ہٕنز نوش لب ''چھےٚ'' جُدأیی ہٕنز وأراگہٕ ہٕستی بربگہٕ۔ یتھ پٔنس رأوی مٔتس دِل غدارس تام گراوٕ ننہٕ خاطرٕ اتھ'' واوس'' ؤلی رٹان۔

ہتا ہو صبحکے خوش بویہٕ واوو

نتو لتس داغدارس میانہٕ گژ اوو

مگر مقبولس نش چھُ ''واو'' چھرا اُکھ قاصد تہٕ تٔمی کہٕ ہٕنز خٔشی۔ یتھ چھےٚ چھرا أکس دردِس شٔیچھ واتناون وألس تامے محدوٗد۔ ''واوٕک'' اَمہٕ انمانہٕ ورتاو چھُ پتھ کالہٕ پیٹھے باقے زبانٕن ہٕنزِ شاعری منز تہٕ کرنہٕ آمُت۔ بٔہی مہٕ صدی ہٕنزِ سنسکرت لولہٕ مثنوی ''پون وٗتس'' منز تہٕ چھےٚ وَنہٕ دِگنی'' راز لکھشمن سین نِس فراقس منزِ ''واوس'' اتھی تمس گژراوٕ تہٕ فٔر دیاسوزان۔ سأنس شعرٕ ادبس منز چھےٚ صبح واوٕ چ ترکیب فارسی پیٹھے آمو۔ سانٕن اکثر لولہٕ مثنوی ین منز چھُ ''بادِ صبحک ورتاو فارسی لہجس منزٕ ے کرنہٕ آمُت۔ اما پوٗ زمہجوٗرن بجر چھُ۔ یتھ کتھِ منز زِ تٔمی ورتاو یہٕ ترکیب تمہٕ انمانہٕ زِ یہٕ نہٕ چھُ فارسی شاعری ہُند ، بادِ صبا ، نہٕ ہندوستانی زبانن ہُند ''سمیر'' بلکہٕ چھُ یہٕ نہٕ تٔھی وادی گُل پوش کِس حُسنہٕ سٔدرس مَنز ڈالہٕ مارٕ دُن صُبح دمک تُازٕ ہوا۔ یُس نہٕ صِرف خوشبویہٕ دارتہٕ سوٗ ت تہٕ شٔہل چُھ بُلکھشوٗ رتہٕ شوٗ ژ تہٕ۔ پٔز رچھ یہٕ زِمہجوٗرنٕ شاعری چھےٚ کٔشیر ہٕنز قدرتی خوٗبصورتی ہُند آنہٕ خانہٕ۔ کُلیات مہجوٗر کین ورقن پیٹھ چھُ کٔشیر ہٕندٕن ووسہٕ

ژٕتھ کأشُر قوم وزٕ ناوٗن تہٕ گھیہ واریُل تہِ رلتہٕ موغُل موژ ژٕتھ دوٚ پر حکمرانن وٕ ژِھس لاگتھ پوٚھس خبر ہیٚنی۔ تِمہٕ سُند اندازِ بیان چھُ تِمن حالاتن ہُند نتیجہٕ یمن منز سُہ زوان اوس۔ یہِ دور اوس قومی بیدأری ہُند دور۔ قوم پرستی ہٕندی جذبن اُس سأری ہے برصغیرس ژھٕٹھ کٔڈمٕژ تہٕ مہجوٗر رُودُ حساس شأعر کتہِ روزِ ہے اَمہِ نشہِ مُچھ۔ اما پوٚز اَتھ جذبس اُس درپردٕ باونچ ضرورت یتھ عام کأشرس تام وأتتھ ہیکہِ ہے۔ اَمہِ خأطرٕ ییٚتہِ مہجوٗرن بہارٕکی باتے سازسنگارورتأوی تہِ ورتوو تِمو ''واو'' تہِ۔ تِکیازِ ذہنی طور فطرتس نکھہٕ روزنہٕ سببہٕ کرِ تِمہٕ واوٕکی مختلف وِہی تہِ رنگ دریافت۔ مثلن واو چھُ اوچھُ، اچھوٗ پرتھ جایہِ واتن وول، آزاد پرتھ ساتہٕ حرکتس منز، وأفر، زندگی تہٕ فرحتھ بخشن وول، تفرقاتو بالا بیترِ۔ یتھ پأٹھی ہیکہِ ہے واوٕ تِمہٕ ہندٕ آزاد خیالی تہٕ نبض شنأسی ہندِ اظہارُک ذٔریہ بٔنتھ تہٕ تِمہٕ سُند ترجمان تہِ۔

واو اَسہِ ناوان گُلن
مہجوٗر وُزٕ ناوان دِلن
یِم زٕ اَمہِ نش بے خبر
کیا گووٚ گناہ کیا گوٚ ثواب

گُل چھِ نبض بوٚ دی تِتھے پأٹھی یتھہٕ پأٹھی کأشُر قوم چھُ پننہٕ تشخصہٕ نش غأفل تہٕ واو چھُ تِتھے پأٹھی ذی شعوٗر یتھہٕ پأٹھی مہجوٗر چھُ تہٕ دوشہِ وِیوسہٕ کأم مٔتہِ ہیٚرمٕژ چھےٚ سوچھےٚ انتھک میٚحنو ہنزٕ منگ کران۔ واوٕ چھُ اَتھ کامہِ دنہٕ پنہٕ لگتھ!

پَکھ خبر بۆ زِ پأڑ سپدِ ی زان
یا بُلبُل چھُ بران چاو
ژِتھر دزاو بہار آو
تو شان چھُ سۆ نتُک واو
کُمستانی چھُ آو آو

گامس منز گرلز سکوٗل کھُلنہٕ کس صوٗرتس منز ترقی ہنز کانْہہ کتھ
آسِتن یا بیٚیہِ واجنہِ سماجی یا سیاسی تبدیلی ہُند امکان آسِتن مہجوٗر چھُ پننس
باغس اَیِج ژیٚنہٕ ون واوس اتھی دیا ناوان۔ تہِ باضے ٹاسرس انداز بیانس منز
واوس مُلکہٕ امریکہس تام گژھتھ کاشرین ہُند حال باوُنہٕ خاطرٕ عاجزی کران۔
بہرحال یِتھی شعر چھا فنی تہٕ تخلیقی لحاظہٕ جان کِنہٕ نہ، سُہ بحث اوٚک طرف
ترأوِتھ ہیکو نہٕ شاید یِمہِ کتھہِ نِش انکار کرِتھ زِ مہجوٗرن یِیٚتہٕ کیٚنژن روایتی
علامژن تہٕ لفظن نوو معنہ تہِ زۆژ تہٕ بخش تہٕ آو لفظ ’’واو‘‘ تہٕ تِمی ہنٛد دُسی
نۆ برجستگی ہیتھ بروٚنْہہ کُن۔ یۆ دوے یِتُھ پژتھ کانْہہ شعرٕ یتھ منز اَمہِ لفظُک
ورتاو کرنہٕ آمُت چھُ فنی کھوچہِ پیٹھ وُتران چھُنہٕ مگر یہِ چھ پزر زِ کُلیات مہجوٗرس
منز کینْہہ شعر مہجوٗرنہٕ فنکارانہٕ صلاحیتٕ ہُند آنہٕ چھِ تِمن منز چھِ تِم کینْہہ شعر تہٕ
شأمل یِمن منز اَمہِ لفظہٕ ذٔریٚہ مہجوٗرن شعرٕ تجربہٕ بوومُت چھُ۔

مہجوٗرس اوس یِتُھ سے باگہٕ آمُت یتھ منز آزادی ہنز کتھ کرٕنی اَکھ
بۆڈ جُرم اوس اَمہ موٗجب پیوٚ وُنِمس گِہے گُل، بُلبُل، باغ تہٕ بہار بیترٕ بروٚنْہہ کنہٕ

پیٹھ لولہٕ اقرار ک آسُن ۔

قودرتی نظارو ڈٕری یہٕ لوچ باوتھ کأری چھےٚ مہجورنٛی اَکھ خوٗبی ۔ اَمہٕ لوچ باوتھ چھےٚ تتھ پأٹھی سپزٕ موٚرِ شرم حیا تہٕ پاکیزگی ہُند احساس چھُ بدستوٗر روٗدمُت ۔ مہجورن چھےٚ پننین لولہٕ شارن منٛز کأشر زنانہٕ ہنٛز نفسیات رٕژھرأومٕژ یتھہٕ پأٹھی اَسی اَمہٕ بروٗنٹھہ اَرنٛیہٕ مالہٕ تہٕ محموٗد گأمی ہِندین لولہٕ وژنن منٛز ڈیٚچھان چھِ ۔ اَتھ منٛز چھُ نہٕ صرف پننہٕ ادبی روایژ ہُنٛد اثر بلکہٕ تمہٕ مروجہٕ سماجی نظامُک دخل تہٕ یتھ منٛز زنانہٕ ہنٛزن حرکاتن تہٕ سکناتن شرم حیا کیوٚ قایم کرنہٕ آمتیوٚ معیار و ڈیٚچھنہٕ یوان اوس ۔ امہٕ سبہٕ اوس ضروٗری زِ شعرکِس فنس متأثر کرنہٕ ورأی روزِ یہٕ شرم تہٕ حیا برقرار ۔ تہٕ مہجورچھُ اَتھ منٛز کامیاب سپدمُت ۔

وٕژتھ شوریامتھ واو حُسنس موج تُلتھ گوٚو

اِظہارتی کوٗر زُلفچہٕ تھتھرلیہٕ وَنے کیا

واوٕ چھُ لولہٕ مژرس یتھ حُسنس ویوٗرٹلان یہٕ زن حُسنس برطبع گوٚھان چھُ ۔ مگر امیک اِظہار چھُ محض زُلفچہٕ تھتھرلیہٕ سٟتی ہاونہٕ آمُت ۔ یہٕ چھُنہٕ فقط بیان بأزی بلکہٕ چھُ اَکھ بصری پیکر اَچھن بروٗنٹھہ کُن یوان تہٕ ''وٕژتھ مشور'' لفظ چھُ نہٕ صرف اَتھ ہنگامس منٛز اَندی پکھی چہٕ ماحوچ آورن باوان بلکہٕ چھُ اَتھ ''شورس'' اَندی پکھس یا حُسنس دٕیومنٛز گنہٕ تہٕ اَکس سٟتی قطعی وابستگی باونہٕ نشہٕ تہٕ مُچھِ تھاوان ۔ یتھ پأٹھی چھُ نہٕ صرف پیکرکِس کلُہم تاثرس بُرژر سپدمُت بلکہٕ چھِ اتھ اکہٕ کھوتہٕ زیادم تأویل تہٕ

بادِصبا ۇردی کران

پڑتھ شایہِ وصف گُل پران

گرمی چھےٚ دربازارِ گُل

کرو دِلبر ودیدارِ گُل

''واو'' چھُ پننہِ ہونرمندی ؤستی پڑتھ ساتہٕ پوش ۇزناونچہٕ تہٕ تِمن سونٛتہٕ کالکہِ آمدٕچ ژھنہٕ ون دِنچہٕ عملہِ منٛز آوُ رتہ چھُ یہِ پنٛنہِ سرگرمی بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ پکناوان تہٕ کاہ سُند ژھوٚ رے ٹاوٹاوتراٚوِتھ عملی طورکینٛہہ کرنٕک تلیقن کران۔

اِشارٕ پاٚٹھی سُلہٕ اوس ونان واوکاوس گُن

ییٚتہِ چھےٚ نہٕ کتھن باو وَنُن تراوہونر ہاو

''واو'' چھُ محبتٕک سرچشمہٕ تہٕ پڑتھ صبح لوٕلچ ڈاٚلی ہیتھ چمنستانن تام واتُن چھُ تمی سُنٛد فطری عمل۔

آولولہٕ شیٚچھ ہیتھ واوصبحک ژاو چمنس منٛز

کوٚر پوشہِ لنجو بوٚن نیٚمتھ اقرار محبت

سُلہِ گرلیہِ ماران ژھلیہٕ پاٚٹھی ووت واو پوشن نِش

لولس یہِ چھےٚ ۇگراٚے چاٚنی ہاے مداٚنو

واوِ چ کاٚم چھنہٕ نہٕ صرلولُک ورتاوتہٕ وبو ہاٚرے یوت ۔ بلکہِ چھُ یہِ لولہٕ بوچھہِ تہِ ۔ پننہِ لوٕلچ ترٛیش ہوٚمراونہٕ خاطرٕ چھُ یہِ توے پوشہِ چمنن منٛز ژھپہٕ ژھومبرہن گندان اماپوٚز یہِ لول چھنہٕ یکطرفہٕ ئلی کہِ چھُ گُلن تہٕ ۇٹھن

کتھِ تلہٕ لگِتھ زِٕ ژٕمی دیُت کأشرِ شأعری اَکھ نۆو تصورعشق یُس تِتھی وادی ہنٛز میٖو زُون والبین ہنٛز دِلہٕ دُبرابے باوان اوس یۆ دوے تتھ منٛز رسٕوٗل میرُن ہیو تصور تہٕ ترٕشر چھُنہٕ اماپۆز سُہ خوشکھ تہٕ آڈیل عشق تہٕ چھُنہٕ۔ سُہ چھُ لفظو تہٕ اِشارو ذری یہ وِزِ لطیف جنسی جذباتھ سطس پٹھ انان۔ ژٕمی سُند بےٚ پھرٕ وک اندازِ بیان چھُ باضے لولہٕ منٛزرس تہٕ جنسی یو چھ ہندس جۆنۆبس منٛزلس یتھ حدس تام واتناوان۔

یار سُند مارٕ موٚت سار چھُم نہٕ تھاوان
یارس لرِ پان ساوان چھس
کامہٕ دیو یار چھُنہٕ جامہٕ منٛزراوان
پوشن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

وونی گۆو ژٕمی سند اندازِ بیان چھُ جوشس منٛز ہوش تھوٚنگ قأیل تہٕ شاید چھُنہٕ سُہ توے رسۆل میرنی پأٹھی زیادٕ نۆن (Espose)۔ وُ چھ تو'' واوِ چ'' یہ پُر اسرار صوٗرتھ تہٕ

کتہٕ آو صبحک واو نہٕ گتہٕ کیازِ باغس ژاو
روشہٕ روشہٕ پکان مشکھ چھکان پوشہٕ رُمالن
یاسپُن بیدار گُلشن پتٕی مہ پیارے واو گو ونہٕ تھ
تِتھس سُنٛز ژۆرِ ہندس اتھ چمن وُزناونس ونہٕ کیا

یہ چھُنہٕ واوُک صفت زِ سُہ کیا چھُ پُر اسرار تہٕ نہ چھُ واو کہٕ

ممکن بلیمتی ۔ گوڈنکس مصرس منز ییٚتہِ عشقچ اَمہِ حرکوتی پاد سپدن والہِ اَمہِ احتجاجکہِ نتیجہِ شاعرسُند لہجہِ تہِ ترٛوش تہٕ تژ گر بنیومُت چھُ تتہِ چھُ دوٚیمس مصرس منز صرف زُلفن تھتھراے حُسنہٕ کہِ احتجاجہِ رنگی باوتھ یہِ اَکھ ژھوٚپ احتجاج بنان ۔ یتھہِ پاٹھی چھُ شرم تہٕ حیا ہُک جذبہٕ تہِ قایم روٗدمُت تہٕ اتھ ساری بہے صوٗرتِ حالس در پردِ ہنگامہٕ چھُ پرٛسوٗکوٗن سطحس تام ووتمت ۔ اُتھی ہم پلہِ نی تویہِ پیکر ۔

کُنہِ تہجہ چھےٚ ووشلیمو اوٚ برس
چھلہِ چھانگر گیہِ واوس زُلفن

یہِ چھُ اَکھ زندہ تہٕ ماری موٚند پیکر ۔ اوٚ برس کنہٕ تہجہِ ووزلنہِ وُنن چھُ اُچھن بروٗنہہ کُن سہ ماحول انان ییٚلہِ شامہٕ ژھمبر بن اوٚ برلشہِ ووزلان چھےٚ تہٕ واو چھُ ییمن خرانس کُن پکناوُنس محوِعمل آسان ۔ اَتھ خوٗبصوٗرتھ پیکرس پس پردِ سپدن والہِ صوٗرت حالُک اِظہاریوٚ دوے شاعرن سبٹھے ورگہٕ پاٹھی کوٚرمُت چھُ تہِ کرِتھ تہٕ چھےٚ اوٚ برچ تہٕ واوِچ شخصاونکاری تتھ پاٹھی کرنہٕ آمٕژ زاتھ متلق چھُ نہٕ کہنٛی تہِ مبہم روزان ۔ یتھ پاٹھی چھُ کہے کینٛہہ باونہٕ باوجوٗد تہِ سوٗرُے نوٚن دژامُت اَتھ برعکس چھُ نہٕ مہجورنس پیکرس منز واریا کینٛہہ باوِتھ تہِ سورُے نوٚن ۔ امیک مطلب چھُ نہٕ مہجورس کیا اوس نہٕ تُنٛی پاٹھی وننک جُرتھ ۔ سوٚ کتھ چھنہٕ مہجور چھُ روایتس للہٕ کھوٗل کران تہٕ ستی والیتھ سازتہٕ بنان ۔ تٔمی ہُنز جُرتمندی ہُند اندازٕ ہیکنہٕ ییمہ

ژٕلہٕ لارِمژٕ تہٕ تھانٛتھر یومُت بےٚ سۆکھ ''واو'' کس ہیکہِ گاٗرتھ تہٕ اُمی ہٕنٛدس اتھ غاٗر معموٗلی اندازس پٮ۪تھ پوشن ختہٕ کرُن چھُ اَکھ سنجیدٕ صوٗرت حال۔ شاید چھُ ''واو'' اَمہِ سبہٕ تنبلیومُت زِ تٔمی ہٕنٛدِ دٔسی چھُ کیاہتام اثر سپدمُت۔ تِکیازِ پوشہِ ٹوٗریک پھولنے چھُ تٔمی ہٕنٛز تباہی ہُنٛد آغاز۔ اثر چھُ یٔمہِ موٗجب زِ واو چھُ لولہٕ ستۍ پوشن نِنٛدرِ وُزناوِتھ زندگی ہُنٛد شعوٗر بخشان۔ مگر تٔمِس کیا چھُ معلوٗم زِ امیک کیا نتیجہٕ ہیکہِ نیرتھ، امیک احساس چھُ مسولہِ پیتہٕ سپدان ییٚلہِ سو چھٔنٛدرِ پمو آسان چھےٚ۔ وۄن گۄو اَتھ پتس گٔری مٕنٛس پٮ۪تھ چھےٚ واوس تہِ بےقرٲری۔ زیادٕ لولُک نتیجے چھُ زوال برابر تِتھے پاٗٹھۍ یِتھ پاٗٹھۍ ''لوسی تطمن''، ''مژٕ'' ''لوسی'' مناظرقو درتچہِ لولہٕ کھونہِ تل پٔلتھ امی بُزِی گو ھان چھےٚ۔ مگر تمیُک احساس چھُ زیادٕ ٹریجک تِکیازِ تتہِ چھِ دۄشوے ڈٔری بےٚ خبر ییٚلہِ زن ییٚتہِ اَمہِ ژینہٕ وِنہِ ہُنٛد احساس دۄشوٕنی دَرہن مژٕ کم زیادٕ باسان چھُ۔

یۄٚدوے اکہِ طرفہٕ واوٕ چ یہِ مجرمانہٕ تصویر بروٚنہہ کُن یوان چھےٚ اما پۄز دۄیمہِ طرفہٕ ییٚلہِ اَکھ عاشق معشوقہٕ ہٕنٛز جُدٲیی ہٕنٛدِ لولہٕ نارٕ وٕہگلان چھُ تہٕ خوشکھہ زندگی نِش تنگ یوان چھُ سُہ چھُ بےبس سپدِتھ تہٕ توقع سان سونتہٕ واوٕ ہےٚ فٔری یاد کرُن یٚوھان۔

گراوٕ کرہا سونتہٕ کِس واوس
ینہٕ چانہِ پھوٚلی ہۄٚکھِ مٔتی ڈل

پراسرارِ یتھٕک وجہ شاعر ہٕندس لاشعوٗری منٛز کُنہِ ڈلملکہِ یا حاًرأنی ہُنٛد نتیجہ۔ یہِ پُراسرارِیتھ چھےٚ فطرتکین رنگہٕ رنگہٕ وٕہن منٛزٕ یتھ منٛز واوُک دٕخل تہِ چھُ تہٕ یہِ چھُ مجبوٗرِ ژینان تہٕ وُچھان۔ ہیٚرِمین شعرن منٛز چھےٚ اُتھی حاًرأنی پٕزٕ ژھلی اندازِ بیانیس منٛز باوتھ کرنہٕ آمٕژ یہِ حاًرأنی چھسنہٕ طوٗفاًنی راًژ (Nights Windy) نظمہِ ہُنٛد راہدار تہٕ خونخوار واو ہو ہرلیہِ ہُنٛد خوف وو تلاوان بلکہِ چھےٚ یہِ اَکھ عجیب فرحت تہِ بخشان۔ واوِ کِہ مختلف انداز تہٕ تِمہِ ہٕنٛزٕن یمن حرکژن تہٕ وٕہن ہنٛدی انہار مدِنظر تھاًوِتھ چھُ سُہ باضےٚ تِمس سِتم ظریف معشوقہٕ ہنٛز علامتھ تہِ بنان یٚمس متلق مجبوٗر بیٚیس اَکس جایہِ ونان چھُ۔

بیوٗٹھ ناوِاند رپانہٕ مے سہلاب اَنتھ گوٚو۔ مٔلن

لوٚٹرِ تہٕ چھےٚند رپھِ مسول ونان چھےٚ واوس

دامانہٕ میون تیٚمی چھوٚل لتس زانٛہہ قرار آسیا

''واوِ'' چھُ متحرک تہٕ یُس چیز متحرک آسہِ سُہ چھُ زندٕ زٕ پانہٕ تہِ تہٕ گُلن تہِ زنم دوان۔

واوِصبحک سُلہِ اوس لاران

تنبلیو مُت کس تام ژھاوان

ختہٕ پوشو کرٕس جایہِ جایے

پایہِ بڈِ میانہِ یاون رایے

ہرڈُک واوچھُس حبہٕ وٕسراوان
دِل میون راوان راوان گو

یا:۔گُلۍ گوٗھن کوٚستوٗر شراونہٕ بدلہِ گُلوارک ہوا
لولہٕ سازس تارٕ اِدٕ گس چارِ مجوٗرس سوا

تہٕ باضے یپٕلہِ مجوٗرن لہجہِ اہربل کہِ آبشارٕ کی پاٗٹھی گرزان چھُ تہٕ "واو" تہِ چھ پننۍ سوچ سرمستی تہٕ ہرٕدِ چ بےدردی ترٲوِتھ اَتھ گرزس تیز راوان۔

اگر ؤزناوٕ ہن بستی گُلن ہند تراوزیر و بم
بُنیل کر واو کر گگرایہٕ کرطوٗفان پیدا کر

☆☆☆

چاڑ کری زِ ہے میأنس آمہٕ تاوس

سر تر اوس   پادن   تل

شأعر چھُ ''واوس'' برونٛہہ کنہِ پٔٹھٕ بوس تِتھے پأٹھی لوٚ ژراون

یَژھان۔یتھ پأٹھی۔یتھ بندس منٛز انگریزی شأعرن تمنا کوٚرمُت چھُ۔

Oh Wind
Life me as a cloud.
I fall upon the thorns of life,I bleed.

بہر حال اوٚت تام وچھ اَسہِ مجبور رٔنہِ شأعری منٛز ''واوُک'' کیٛنٛہہ

خوشبوٗنی انہار۔مگر یوٚ ہوے ''واو'' ییٚلہِ وق سورنس ستۍ ستۍ ہرٕدکٕلی چمنس

منٛز اژان چھَ اُمی سٟنٛز تخریبی عمل چھےٚ برونٛہہ کُن یوان۔اَتھن چھُ نہٕ یہِ

سونتہٕ واوُک پأٹھی زندگی تہٕ نوٚ وجوش بخشن وول بلکہِ چھُ یہِ اَکھ بےٚ درٕ دتباہ

کار بنان۔سونتہٕ واوِ چ وسہٕ دروسہٕ چھےٚ موتہٕ ہو ہرلیہِ منٛز تبدیل گوھان

تہٕ یہِ چھُ زندگی ہُنٛد انجام تہٕ موتچ علامتھ بنان۔

ہرٕدُک   داون   ڈوٗلُم   ہوش

گُلی گیہِ کوستوٗری برٕ گیہِ پوش

پھولہِ ڈُن ہار نو بہار کوٚتُے گوم

دل قرار ٹوٗٹھ مدنوار کوٚتُے گوم

یا :۔ سونتہٕ دزاو بُلبُل لول پرکھاوان

گُلزار   چھاوان   چھاوان   بگو

اہم شاعرن ہنز شارِ سۆمبرنہٕ مگر بیشتر شارِ سۆمبرنٕہن منز چھُ پنٕنۍ مین ذٕہن
ۆری ین ہُنٛد کلامہٕ آٹِہ نونا۔ ''سیاہ رۆدِ جرٕن منز'' یا ''نے چھےٚ نالان'' چھےٚ
یژھہٕ کینٛہہ مثالہٕ۔ یتھے پأٹھۍ چھےٚ ''نپرٕ نغمہٕ'' نیرن ہنزے گگراے
نزصحرأوی صدا بیوٚ تام زِ ''پدی سمکی'' یوٚ دوے تیمی دورِ چ پأداوار چھےٚ مگر
امیک تخلیقی ۆتش چھُ یمہِ دورِ بڑونہم۔ یہٕ چھُ شاید مۆجۆدِ وقتچہِ بے پژھی
تہٕ بے وسأیی ہُنٛد نتیجہٕ زِ یتھ پنٕنۍ مِس ذٕہلس دوران آیہٕ عقیدتی شاعری
یسلہٕ پأٹھۍ برونٛہہ کُن۔ اتھ یوٚ دوے بیٛیہٕ تہٕ کینٛہہ وجوٚ ہاتھ آسن مگر شاید
چھس یہٕ تہِ اَکھ وجہ زِ عقیدُک دُنیاہ چھُ سُہ دنیاہ ییٚتہِ کأنسہِ تتہٕ اگرن بأ گرن
چھُنہٕ تہٕ کانٛہہ یار یا دشمنے چھُ نہٕ تہٕ تتھس بے پژھ وقتس منز چھُ یہ پنٕنۍ
تخلیقی ٹٹھ ہومراونُک اَکھ بےٚ ضرر ۆسیلہٕ۔ حقیقی دُنیاہ نشہِ اُچھ ۆسِتھ عقیدُک
دُنیاہ پانناوُک یہِ رۆجحان چھُ ورگہٕ پأٹھۍ شاعرٕ سٕنزِ کمہِ تام مجبوٗری ہُنٛد تہٕ
نتیجہٕ باسان یا بقولہِ مہجور

ونہِ ہے مہجور داستان دل ضرور

ونہٕ نس تہِ چھےٚ نالش وارمدنو

بہر حال پنٕنۍ مِس ذٕہلس دوران تخلیق سپز ہۆیس تہِ کم قلیل
شاعری برونٛہہ کُن آمٕژ چھےٚ تمیک پٕٹھۍ جایزٕ ہینہٕ پتہٕ چھُ نہٕ یہِ باسان زِ
یہٕ تنأعری کیا چھےٚ یہِ امہِ برونہمہٕ جدید شاعری نش یکسر وکھرِ یا کانٛہہ الگ

# ہم کال شأعری ۔ اکھ سام

ہم کال شأعری وٕنِتھ چُھ میوٚن مطلب سو شأعری یَس پٔتِمَس ژٕہلس ؤری اَن تخلیق سپزٕ تہٕ یَتھ منٛز امہِ دور کہِ انتشارٕچ تہٕ عصری آگہی ہنٛز باوتھ سپزٕمژٕ چھےٚ ۔ مےٚ چھُ یقیٖمہِ کتھہِ ہُنٛد اعتراف زِ ہمکال شأعری متعلق کانٛہہ رائے زنی کرٕنۍ چھِ کینٛہو وجہو کنۍ نامناسب تِکیازِ اَمہِ رایہ ہنٛز غأر جانبدأری متعلق ہیٚکن سوال وۄتھِتھ ۔ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدس ہمکال ادبس متعلق قلم آزمأیی کرنس چھےٚ اَمہِ علاوٕ تہٕ کینٛہہ دقتھ ۔ مثلن پٔتِمبن کینٛہو ن ؤری ین دوران یہِ کٲشُر ہالیکھنہٕ آو تہِ سوٗرُے چُھنہٕ وُنہِ برونٛہہ کُن آمُت ۔ تِکیازِ اول چھِ کأشرِ زبأنۍ منٛز اشاعتی وٕسیلن ہنٛز دٔسیابی کمے پہن تہٕ دوٚیِم چھِ وٕتِھ ہنگأمیو تہٕ بے وسأیی وُچِھتھ شأعر پنٛن کلامہٕ مارکس منٛز تھأونس زِ تہٕ کھورٕ ے پتھ مٔران ۔ پٔتِمبن کینٛہو ن ؤری ین دوران آیہِ کینٛہو ن

بہانہٕ کرتھ تمام عالمہٕ کِٕس حأدثن تہٕ حأرثاتن للہٕ کھوٗل کرنہٕ ۔ یِمہٕ کنہِ
تُشند سوچ پنہٕ أندی پکنٕ نشہِ ژھبنہٕ سپدِتھ دوٗرِ گوٚن ہُندس ژکرِ دیوٚہس منز ہینہٕ
آو ۔ امہِ علاوٕ سپُد خأرجی زندگی نش دوٗرنس یہِ وجہ تہٕ زِ حالاتو نیہٕ انسانس رسہٕ رسہٕ
تم وٕسیلہٕ مُہتھ یمو تس دوٗیمین ستی روزٕنک راحت تہٕ سوٚکوٗن میسر کوٚرمُت
اوس ۔ چنانچہِ معاشرٕ یِیلہِ انسأنی قدرن ہنز رأچھ راوٕٹ کرنس اہل روٗدنہٕ
فردس تہٕ فردس درمیان وہ تلمو دوٗر برتہٕ نتیجہِ دزاو زِ دُنی یہس ستی رشتہٕ منقطع
سپدِتھ لوٗگ سُہ پنہٕ نس ذاتس منزٕ ے چھپن جاے ژھارنہٕ ۔ أمی صوٗرت حالن
کوٚر سون شأعر تہٕ اکہِ شدید کُنیرک شکار ۔ سُہ لوٗگ نسبرم دُنی یاہ ترأوِتھ ذاتہٕ
کِس گٹا شُتس منز گرفتار سپدِتھ أندرِم شُنی ژھنڈنہٕ تہٕ یوٚہے أندرِم اولوٚ دتہٕ
ازأنی شُنی بنیووأہنزٕ شأعری ہُند دُنیاہ ۔ یہِ اوس فقط اوٚ ہنڈُ ے یوت دُنیاہ یتھ
یہوٚے یوت أنزی منزی گوٚمُت اوس تہٕ باقین ہندِ باپتھ اوس یہِ ووپرِ ہیوٗ ۔
دوٚیم رٕوِش أس یہِ زِ کُنہِ آیہِ جدید بوزنہٕ یِنہٕ کِس فیشنس تحتھ بے جا طوراز حد
وُٹھلِل ، ورل تہٕ گجرلد زبان ورتاونہٕ یَس ڈاڈاازم چہ تحریکہِ تہٕ پتھ ترٕ اوٚنچ
تگ دو باسان أس ۔ ہمِی تخلیقی مجبوٗری برعکس نوٗر پسندی ہندِ جوٗنہٕ ستی متأثر
یتھِ زبأنی ورتاوٕ ستی ووت شعرِ کِس ترسیلہٕ خیالس تہٕ ددارٕ ۔ یوٚ دوے یہِ رٕوِش
ازتہٕ نظرِ گوٚھان چھےٗ اما پوٚ زٕ ستی مبن دٕہن وٕری ین ہندِ بو حالاتو ہیوٗت کأشُر
تخلیق کارگوٚڈنِکہِ الزامہٕ نشہِ بری کرُن ۔ یانے سانہٕ شأعری ہندس ہوانو لتہٕ

تہٕ نوٚ وانداز ہتھ پزرچھُ یہِ زِ موضوع، مزاز تہٕ ہیٔتی طور چھنہٕ اتھ شاعری
امہِ بروٚنٛہہٕ جدید شاعری نش کانٛہہ تہِ اہم پھیرٕ بلکہِ چھےٚ وار یاہ حدس تام
اَمی شاعری ہُنٛد ژٕہراو باسان ۔ ووٚں گوٚموجوٗد دورٕ کین حالاتن ہِنٛد بن
چھوکن ہِنٛزٕ دگہٕ، ہِنٛز باوتھ ییٚتہٕ ییٚتہِ اَتھ شاعری منٛز سپز ہوٚ چھےٚ سو نظر تل
تھاوِتھ چھنہٕ یہِ مانہٕ ورأے کانٛہہ تہِ چارٕ زِ ییٚژھ ہش شعرٕ باوتھ ہیکہِ ہے
صرف ییٚمی دورٕ کین ییٚتھنٛے حالاتن ہِنٛد شِکمہٕ منٛزٕ نیر تھ ۔ ییٚمن چھوکن ہِنٛز
دگہِ ہُنٛد پوت صدا ییٚتہِ ییٚتہِ اَتھ شاعری منٛز کین گوٚھان چھُ تہِ تہِ چھُ
امیک ہوانولتہٕ توٚر جدید شاعری نشہِ ہناوکھرٕ باسان تہٕ امی موٗجوٗب چھُ
اَسہِ اَتھ شاعری منٛز کینٛہہ رجحان زیادٕ پہن غالب تہِ لبنہٕ یوان ییٚم پھیرٕ
بدِ کڈنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ اَسی تراوو جدید کالچہٕ شاعری پیٚٹھ اکھ سرسری نظر ۔

جدید دورس منٛز سپز سانہِ شاعری منٛز موضوٗعی کیو ہیٔتی لحاظہٕ رنگارنگی پادٕ ۔
یہِ اوس سہٕ دور ییٚلہٕ کأشر تخلیق کار نظریأتی زولانونشہِ آزاد سپد تھ تہٕ نعرٕ بأزی
کیو پزوپگنڈا ترأوِتھ پنٛنہٕ نٛبن موٚحسوٗساتن غار جذبأتی آیہ زبو اَمنہٕ لوٗگ یِتہِ
چھےٚ حقیقتھ زِ اَمی دورن دِتی سانہِ زبأنی کینٛہہ قداوار شاعر یموٚ پنٛنہِ تخلیقی قووٗتر
ستی کأشر شاعری نوبن جہون کُن پکنأو ۔ ووٚں گوٚ اَتھ ستی ستی سپز اَتھ دورس
منٛز سانہِ شاعری منٛز زٕ رُوِشہِ غالب یموٚ سأنی شاعری پنٛنہِ میوِتہٕ ماحولہٕ نٛش دوٗرٕ رأو ۔
اَکھ رُوِش اَس یِزسون شاعر لوٗگ کٔشیرِ منٛز یہتھے عالمی گامُک بُسی کین دربنک

ءکتھن مأنز گلبن لۄگ نار
خانہٕ وٲجأری ءکتھن لۄکن
کیچھن
باگہِ پھن

۳۔ یہ ماگ راتھ مستقِل غمچ یہِ زٕٹھ داستان
عجب مُلک نواح کران درد چھےٚ نوش لب پران

اۄندرۄنۍ خلوکھ خانہٕ تٕرٛ اونس کۄرأ زیٚک شأعر یٚمہِ دورکہٕ تمو سیأسی تہٕ سمأجی حالاتو تہِ مجبوٗر یم ستأجی پتہٕ رسہٕ رسہٕ وادی منز رۄنما سپدی۔ یمو حالاتو دیُت تس وارِ وارِ یہِ احساس زِ سُہ چھُ أکس تِتھس سمأجی کہٕ سیأسی نظامس منز پھسِتھ یٚیتہِ پٔدِس پدِس پیٹھ نابرابری، حق تلفی، ناانصأفی تہٕ عدم تحفُظ چھُ۔ تمۍ ژیوٗن زِ فرد چھُ کیٚنژن مفاد پرستن ہنٛزن لتن تل یم تس پنٛن ذأتی مقصد بامل انٕنہٕ باپتھ کُنہِ تہِ ساتہٕ لتہٕ موٗنجہِ کرن۔ موٗجوٗدٕ زندگی ہندِ امہِ کرٛ تیچھرِ چ باوتھ چھےٚ نمتہٕ بروٗنہہِ شأعری منز تہٕ اماپوٚ زیوٗت غألب پأٹھی تہٕ نُمایاں پأٹھی یوٗت یٚمہِ ذہلچہِ شأعری منز اَچ باوتھ سپز ہو چھےٚ۔ تِکیازِ موٗجوٗدسمأجی زندگی ہندِ امہِ کرٛ ہنیارُک سُہلاب سپُد یتھ ذہلس دوران کأشرِس تخلیق کارس ئسری پیٹھی۔ نتیجہٕ دژاویہِ زِ أزیٚک شأعر سپُد ذلتہٕ کہِ خولہٕ منز بہر نیرنس تہٕ پانس أندی پکھی چہِ زندگی سنٛنس مجبوٗر۔ یتھ پأٹھی چھُ ازی چہٕ شأعری منز ذأتی دوکھ تہٕ کربہٕ بدلہٕ جمأعتی کرنٛچ تہٕ دوکھچ باوتھ کرِتھ جماتس ستی

دِنۍ یِہس ہکبہٕ نہٕ شاید ووٚنۍ کاشہِ تہٕ وو پرٕ ئنتھ ۔ اول یِیمہِ موٗجوٗب زِیمن
کُل دُنۍ یِہکین حادٕثن تہٕ المین سون شاعر بروٗنہہ چھرا ذہنی سوٚتھرس پیٹھ
موٚحسوٗس کران اوس از بنیہِ تمِ تس پننہِ زندگی ہنٛز حقیقتھ ۔ ازنہٕ چھےٚ تس کنہِ عالمی
فلسفچ لادنےٚ تہٕ نہٕ پانس عالمی گامُک بُسی کین درمانتھ ساری عالمکۍ غم تہٕ چھو کھ
للہٕ ناوِچ کل ۔ تِکیازِ از چھنہٕ تس پننین چھوکن شُمار یِوان دوٚیمین کیاسنہٕ سہٕ ۔
دوٚیم کو رسہٕ یمو حالاتو اجنبی دُنۍ یاہ پیٹھ واپس اُنتھ پنہٕ نیسے اَندپکھس منٛز
زوٗنس مجبوٗر ۔ سہٕ لوٚگ ووٗزُم دُنیاہ تہٕ ووزمۍ غم ترأوِتھ تِمنے چھوکن زبو دِنہٕ یم
تسٕندبن موٗجوٗد حالاتن ہُند دیُت چھُ ۔ یِیمہِ دورچہٕ شاعری منٛز چھےٚ اَسہِ یِمنے
چھوکن ہٕندِ دُسی ووتلاونہٕ آمتہٕ کرنچ برقی رَوہشِ موٚحسوٗس سپدان لیس اَسہِ یہٕ
مانس قائیل کران چھےٚ زِیہِ شاعری چھےٚ وطن واپسی ہنٛز شاعری تِکیازِ یِوہ بیشتر
شاعری منٛز چھےٚ اَسہِ موجوٗدِ دور کین ووکھہِ حالاتن منٛز ہینہٕ آموٕ کشیرِ تہٕ کأشرِ
ہٕندِس مُنتشِر ووٗجوٗدس ستۍ موکھہٕ مدأ ے سپدان تہٕ یو ہے چھُ اَمہِ شاعری ہُند
غالب رحجان تہٕ ۔

۱۔ ژِھوٗن لوتی وتر وولوتی تیُتھ آوبُنیل
دارِ تہٕ برلرزییہِ نسبر آوازنہٕ بوٗد

۲۔ نس ژٕٹ ہش کوستامتھ آیہٕ
تہٕ شہمتھ وٕہرن

یوٚ ہے وجہ چھُ زِ یتھ شاعری منٛز چھےٚ گیہے ذاتی دوکھہٕ بدلہٕ جماعتی دوکھ تہٕ
زندگی ہنٛز باوتھ کاری تہٕ تہٕ گیہے معاشرٕ نٟہناونہٕ ہیٚنک ہاہا کاریا پتھ کالس تہٕ
تہذیبی میراثس زاٟلی دِنٛک رو.حجان تہٕ یَسلہٕ پاٹھی آمت۔
چنانچہِ اَمہِ شاعری ہُند تجرباتی دُنیاہ چھ یُہ پاٹھی موٚجوٗ ددورٕ کس
تواریخی المیَس أندی أندی نژان ییٚمہِ سببہٕ اتھ منٛز یتھ زباٟنی ورتاوٕ چ
ترا یے زیادٕ پہن لبنہٕ یِوان چھےٚ ییٚمکی موٗل تتھ ثقافتی وِرثس منٛز سُنٛز تہٕ گنٛی چھِ
یُس اَمی شاعرن پانس بروٚنٛہہ کنہِ نٟہناونہٕ یِوان وچھ۔ اتھ شاعری منٛز
چھِ علمدار، ریوٗش، وِبتھ ہوٗنی، زبرون، کٔنزل ون ہیار، گنٛج پوشنول
مختلف جایہِ ناو استانن تہٕ اَستھاپنن ہنٛدی ناوٕ لفظہٕ تہٕ باقے تمام تم وبدی
تہٕ عام موروٗض یم کاشر ثقافتی زندگی ہنٛدی اہم انگ چھِ۔ زباٟنی ورتاوٕ چ یہِ
مخصوٗص خوٗبی چھےٚ ورگہٕ پاٹھی یہِ پزرتہِ پرکھاوان زِ موٚجوٗدٕ دوٗرُک یہِ شاعر
کتھ حدس تام چھُ پننہِ میٚرٕ تہٕ ماحولس منٛز جذباتی سوٗتھرِس پیٚٹھ سبٹھاہ قربتہٕ سان
لسان بسان۔ یتھ زباٟنی ورتاوُک رو.حجان چھُ مُلہٕ تلہٕ تمہِ راون تبلکِہِ
احساسُک نتیجہٕ یُس اَمس شاعر ہنٛدِ باپتھ موٚجوٗ ددورُک سوغاتھ چھُ تہٕ
یتھےٚ سُہ موٚجوٗ دوتُک کرب مشراونہٕ باپتھ یا پننٛی پزنتھ وٕنراونہٕ باپتھ پننٛی
ثقافتی موٗل ژھاران چھُ لتہِ چھِ اَمس یِمے عام تہٕ وبدی موروٗض بُتھہِ
پیوان۔ راون تبلُک یہِ تھٕنن تُلہٕ وُن احساس تہٕ پتھ کالس زاٟلی دِنٛچ ترا یے

پٔزن پان وابستہٕ کرنٕچ جستجو، نتہٕ غأر محفوٗظیت، اجنبی یتھ لاتولقی تہٕ پرژھنبر بیتر، جذبن تحتھ ذاتہٕ منٛز سپر تھ جماتس ستی پٔزن پان ہم آہنگ کرنٕچ کشمکش دزٕ ینٛٹھی گوھان منٛلن یم کینٛہہ مثالہٕ وُچھو۔

۱۔ سُہ بزٕ ڈنٛٹھی کنی بٕوک بے خیال لاتولق
یہٕ پانے بند سراپا نظر تہٕ خاموشی

۲۔ چرٕ گیُش نہٕ برک تیج نہٕ کانٛہہ ژھاے ڈاأنی
تم جایہٕ تہٕ تم بأژ اما کور سناگے

۳۔ کن کرٕ یشان اُچھ ترسان پٔزن کانٛہہ بُتھ پیٚیہٕ نا
ییٚلہٕ چشمن لگہٕ وٕہراتھ یہٕ کتھہٕ کٔنی لیکھہٕ غزل

۴۔ وردٕ گامٕچ رٕتیج ڈلیل چھہٕ أسی ۔ کربلاہچ سبز سبیل چھہٕ أسی

۵۔ اندر رچھو اتوہی بأژ گرٕ کی سأری وارے
کُنبرٕ ستی وو ہٕتی تلیمتی خوف تہٕ اجنبیٔت ہندی جذبہٕ اُسی جدید دورچہٕ

شأعری منٛز تہٕ اماپوٚز تتہٕ اوس شأعر جدید حسبا گہی ہندس سوچس تحتھ یہٕ سوزے کرب جدید زندگی ہٕندلوگ لون مأنتھ یمن بروٗنٛہہ کنہٕ سرخم کران۔ تتہٕ اوس سُہ خأرجی زندگی ہنٛز ناہموأری تہٕ وٕکھو ارُوچھتھ پنہٕ نس اڈندر روٗنس منٛز بے پناہ ژھاران مگر یتہٕ چھے کُنٛز چہٕ حالٕو منٛز پان موکلاونٕچ آمادگی تہٕ تہٕ فردس تہٕ سماجس درمیان ژھیۄنمت رشتہٕ بحال کرنٕچ ووتھ ژھاٹھ تہٕ۔

وتہٕ وبلاے شاعرس پٔنٕنۍ پرٛزنتھ ژھارنہٕ باپتھ جُستجو کرنٕک وٗتش دِوان۔ یتھ دوران یہِ پننہٕ نس یادٕ ووٗتر ِکس شہلِ کُلس تل واتان چھُ۔ یہِ موٗلُل سرمایہٕ چھُ بلواسطہٕ پٲٹھۍ أمس عصری کرب وتہٕ اونٕک وٗسیلہٕ تہٕ فراہم کران۔ چاہے سوارجن دیو مجبوٗرنٕ ''پدی سمیکؠ'' أسؠ تن یا ''تیوٗل'' ہش طوٗیل نظمہٕ۔ موتی لال ساقی سنٛز گٔدرن یا جواہر لال سرور سنٛز ''ون پوشہٕ نٕ لوون'' أسؠ تن پرٛزنتھ تہٕ ثقافتی موٗل ژھارنٕچ جُستجو چھےٚ یِژھ بیشتر شاعری منٛز ٹاکارٕ۔

یہِ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ چاہے کٔشیرِ منٛز روزن وول شاعر أسؠ تن یا کٔشیرٕ نیبر موجوٗد بےٚ ہیٚتھۍ صوٗرت حالس متلق چھےٚ اظہار کس سوٗتھرس پیٹھ ممأثلتھ ہش لبنہٕ یوان۔ مثلن وُچھتو یمن بوٗنۍ مین شارٕ نوٗ موٗنن منٛز کتھہٕ پٲٹھۍ چھُ درپیش صوٗرت حالٕچ تصوٖیر کأری کرنہٕ باپتھ مُختلف شاعرو لفظ ''سہلابُک'' الہٕ پلہٕ اکی أنمانہٕ ورتاوکوٗ رمُت۔

۱۔ بونہِ تےٚ پیٚرٕ واجہِ سہلابن
ناوِ تےٚ ژھٔنبۍ طناب اللہ ہوٗ

۲۔ سہلابن ژھٔن ڈُبہٕ ڈاس کرِتھ
انسان کیو حیوان پیٚرٕ وألن
کم باغ تہٕ جنگل لُہرأوِن

۳۔ نوح سُند اکھ طوٗفان تھکہٕ روٗس پیتہِ سہلاب

چھے ییمہِ دورچہ شاعری منز اکِہ نتہِ بیٚیہ رنگہٕ زیادٕ پہن آمژ ۔ گہے یوٚھن غار جذباتی شعرٕ باوژن ہنٛدس صوٗرتس منز ییم اُکس مدرِس کربس زیرِ دِتھ اکھ سنہٕ وُن توٗژرو وتلاوان چھِ مشکن ۔

اُسی تہِ چھِ البم پہرس پہرس ژیرِ وُ چھان

اَسہِ تہِ چھُ اکثر یاد پیوان لوکچارتہٕ خاب (رفیق رازؔ)

تہٕ گہے چھُ یہِ صوٗرت حال ییمہِ آیہِ موٗروضن ہنٛز شخصاونکاری گرِتھ تہٕ المنا کھ ڈراماو وتلاوِتھ دید مانہٕ کرنہٕ آمُت ۔

نوزاو کھس موٗنی ژِتھر حال ونان اُسی (رحمان راہیؔ)

یا گہے جذبن ہنٛز شدٕژ سان ییمہِ آیہِ اِحتجاجی تہٕ استہفامی لہجس منز ۔

کمی مے کوٗرم سونہ تہٕ شِہُل غاب پیٚتھن

کمی مے تھووم ناگ سوٗزل بال کھِتھ (تیج راولؔ)

راون تبلک یہِ کرب تہٕ محرومی ہُنٛد یہِ غم چھُ ہمکال شاعرٕ سنٛز زندگی ہُنٛد تلخ پزر تہٕ تِسنٛدِ جذباتی دُنیہک اکھ اژھن انگ بنیو مُت ۔ سُہ چھُ توے پھرِ پھرِ امیک اظہار کران یہِ رجحان یوٚدوے ییمہِ دورکین بیشتر شاعرن منز جلوٕ گر چھُ اما پوٚز بےٚ گرٕ شاعرن منز چھُ امیک احساس زیادٕ شدتہٕ سان لبنہٕ یوان ۔ چنانچہ تِمن چھُ اکھ تیتھ صورت حال باگہِ آمُت ییمہِ ستی تِہنٛز زندگی لاسمت تیچ شکار سپٕز مژ چھے ۔ یو ہے احساس چھُ اُمس

شأعری چھےٚ باضے کینٛہہ و پھیرو باوٕوجوٗد تہٕ کُنہٕ کُنہٕ ترقی پسند دور چہ طبقأتی
کشمکشن نظرِ لیس زیرِ اثر کرنہٕ آمژ مقصدی شأعری ہنٛز یاد تازٕ کران ۔
مون زِ ترقی پسندی ہنٛدس وۄزِمی فلسفس برعکس چھُ یہِ شأعر مۄجوٗدٕ زندگی
ہُنٛد واقأتی پزٕرِ باوان امابپؠ زیٛوٚ دوے شأعرٕ ہنٛز کأم چھرا واقأتی پزٕر باوٕنی
آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ شأعری توأریخ یا صحافتہٕ نشہِ الگ وۄجوٗد
تھاوان ۔

اتھ شأعری منٛز چھُ ٹاسریتہٕ فکری مفلسی تمن جاین تہٕ ییٚتہٕ
شأعرن معاشرکس نہناونہٕ ییٚنس یا محروٗمی کھوٚ دۄ رِرس پیٚٹھ واویلا کرنس
دوران مُختلف پیکرن در پردٕ پننہِ ذأتی دوکھ یا ذأتی پسندتہٕ ناپسندی تہٕ رلیہِ
ہُنٛد اظہار کوٚرمُت چھُ ۔ ییٚہن جاین چھُ باسان زِ موضوٗعک انتخاب چھُ
زأنتھ مأنتھ کرنہٕ آمُت ۔ شاید چھُ امہِ تجربچ آزأدی مُشرأوِتھ منہٕ پۆری
تہٕ گنڈِتھ ژٕیتھ موضوٗع ژارِ ہُنٛد وجہ یہِ زِ سأنس تخلیقکارسُنٛد ذہن چھُ
پنٛتمبن ؤری ین ہنٛدی اُمی المیٖن تتھ پأٹھی آورمُت زِ سُہ چھنہٕ پنُن ذہن
امِہ نشہِ موکلأوِتھ ہیکان ۔ اہنٛزِ شأعری ہُنٛد تجربأتی دُنیاہ چھ أتھی المیس
أندی أندی آباد ۔ امہِ ستی چھُ باضے یہِ اندیشہِ تہٕ سپدان زِ جُدید دورس منٛز
یَس وُسعتھ تہٕ کُشادِگی سانہِ شأعری ہنٛدس تجربأتی دُنیہس آیہٕ شاید ما
ہیٚوٚن سوٚ وارٕ وارٕ شرہ کان ہنٛز ۔ باسان چھُ زِ سون شأعر چھُ أکس محدوٗد

حالاتن ستۍ شاعرِ سُند یہِ ردِعمل چھُ بیٚیہِ آیہِ تہٕ نوٚن خاصکر تِمن شاعرن منٛز ییٚتہٕ شاعرو درپیش حالاتن ہُند سوٚدٕر منتھن کٔرِتھ ''وجہ'' تہٕ ''اثر'' کِمن محرکاتن ہنٛز پرنہٕ چھأنٛی کٔرمٕژ چھےٚ اماپوٚز اَتھ دوران چھےٚ تِتھین شعرن منٛز کُنہِ کُنہِ ''رٕنٛج'' تہٕ ''بدی'' ہنٛز خانہٕ بندی سپٕز مٕژ ییٚمہِ ستۍ اتھ منٛز کُنہِ کُنہِ ٹاسرِ جذباتھ نگأری ہُند باس لگان چھُ۔ مثلن ۔

۱۔ چھِتہٕ سُہ محأفظ امن اما نٕک رٹہِ بودن وٹہِ ڈیار کرو کیا

۲۔ مہر کُلس رتہٕ بوچھِ تیز پٕمٕژ زلچو ہنٛز پٕے بالغ گٔمٕژ

۳۔ تِم عقیل تہٕ شکیل گٔتھی پتھ ون جِن چھِ ونوان رأ زدأنی منٛز

۴۔ وہ پردستار دِتھ سوٚنٛچ پردارٕک

مگتھ أنی مٕژ گُنس

جولہِ منٛز نیرتھ بُچھان

ہرگاہ أسۍ ڈٕچھو ہبر مین شعرِ مثالن منٛز چھےٚ مختلف لفظو تہٕ رمزوٕ سۍ جان تہٕ ناکارٕ عنصرن ہنٛز خانہٕ بٔندی ٹاکارٕ سپٕز مٕژ۔ حأکم تہٕ محکوم، ظأ لم تہٕ مظلوم کِردارن درمیان یہِ بأگرن کٔرِتھ یوٚ دوے کُنہِ کُنہِ مأری مٔندی پیکرن تہٕ خوٚبصورتھ ورگہِ باوٕ ژٕ سۍ پُرکشش شاعری تہِ تخلیق کرنہٕ آمٕژ چھےٚ اماپوٚز یِہ ہ شاعری منٛز چھنہٕ تِتھن مثالن ہنٛز تہٕ کٔمی ییٚتہٕ باسان چھُ زِ شاعرو چھُنہٕ تخلیقی عملہِ منٛز جذبس پٔنُن منأسب رول ادا کرنہٕ دِیُتمُت۔ یِہ ہش

وکانہٕ گومُت زِ ظٲہری سطحس لور روزنہٕ سبٕہ چھُ گُنہٕ گُنہٕ اَتھ منز چھُ راوقی ہنگٲمیو
ہُند کرٕ کہٕ ناد کنن گوٚھان ۔ امیُک مطلب چھُ نہٕ یہٕ زِ اتھ ہمکال شاعری
منز چھےٚ ترٕ ھن مثالن ہنٛز کمی یِیٚتہٕ زندگی تہٕ جہانُک اِدراک وسعتہٕ سان
بروٚنٛہہ کُن آمُت چھُ ۔ بلکہٕ چھُ یہٕ پزر زِ اتھ شاعری منز تہٕ چھےٚ یِیٚتہٕ ہوتہٕ
ترٕ ھ مثالہٕ درینٛٹھی گوٚھان یِیٚتہٕ یہٕ محسوٗس سپدان چھُ زِ شاعرن چھےٚ زندگی
ہنٛدس سوٚ درس منز ڈ نگ دِتھ حقیقتہٕ موختہٕ لرِ موچھہٕ رٔنٛج جان کوٗشش کٔرمٕژ ۔
مثلن غلام نبی فراق سنٛز نظم "کرفیو" چھےٚ اَمِچ رٕژ مثال ۔ یتھ منز شاعرن
وقتی وبلہٕ اِرٕ چ تصویر کٲری کٔرِتھےٚ زندگی ہُند بیا کھ روخ دپد ملنہٕ کوٚرمُت
چھُ ۔ یہٕ چھُ سُہ روخ یِیٚتہٕ پٔتھ اَنٛدٕ مسرتھ تہٕ شادمٲنی ہُند عالم چھُ ۔ فراق
چھُ پننہٕ مخصوٗص انداز نظرٕ فطرتھ تہٕ زندگی ہنٛز ووسہٕ دروسہٕ منز حظتہٕ مسرتھ
کھوکھلاوِتھ ہِنک موٚت ۔ سوترٲے چھےٚ یتھ نظمہٕ منز تہٕ جلوٕگر ۔ اَتھی سِتیٚ سِتیٚ
چُھ سُہ اَتھ نظمہِ منز زندگی ہند بن دوشوٗنی سوٚتھر بن کومہ اَنس منز کامیاب
سپُد مُت ۔ مشعل سلطانپوٗری سنٛز نظم "وٗنی دِتی مس" تہٕ یوٚ دوٚے موٗجوٗدٕ
حالاتن ہنٛزٕ ے عکاسی کران چھےٚ امیوٚ زشاعرٕ سُند زبانی ورتاو چھُ اتھ مقامی
سوٚتھر پٔتھ تھوٚ دِتھ سٲری انسٲنی زندگی ہنٛدِ جنٛگلک حادثہٕ بناوان ۔
انداز بیانس منز بےٚ شبہٕ ازکال کہٕ ورتاوٕ سِتیٚ چھِ امکی پیکر زندٕ مُتحرک تہٕ
جاذب نظر بنیمتی ۔ ارجن دیو مجبوٗ رنہٕ موخصر نظمہِ "نظم" تہٕ "پننہٕ پوشِرس کُن" تہٕ

چوکھاٹس منز ہینہٕ آمت یِیتہٕ زندگی ہُند وُرن وتھرُن یِمے حالاتھ چھِ ۔ حالانکہِ یہِ چھُ صحی زِ محدوٗد دٲیرس منز روٗزتھے ہیکہِ تخلیق کار کُلہم اِنسٲنی زندگی سٟتۍ موکھہِ مدٲے کرِتھ ۔ وۄں گوٚیہِ چھُ تیلی مُمکن یێلہِ تخلیق کار زندگی ہِندِ ظٲہری سوٚتھرِ پێٹھ بوٚن وٚستھ تلاش حیاتس سٟتۍ دلچسپی ہاوِ ۔ نتہٕ ہرگاہ سُہ امہِ نِشلۄب ہیٚیہِ تہٕ ظٲہری سوٚتھرِس سٟتۍ روزِ آوُرتھ یێلہِ ہیکہِ تُسند فن چھِرا تنقید حیات اُستھ ۔

زندگی ہِندۍ چھِ زٕ سوٚتھرٕ ۔ اَکھ چھُ انتشار تہٕ تصادُمک ظٲہری سوٚتھُر یتھ نفسیٲتی زبٲنۍ منز Trivial Plane ونان چھِ ۔ عام انسان چھُ اکثر اَتھی سوٚتھرس پێٹھ زُوان ۔ یِیتہٕ تُسند کُن تہٕ کیول مقصد زُوتہٕ جانٛک رشتہٕ برقرار تھاوُنہٕ باپتھ زندگی ہِنز ضروٗرژن ہِنز پوٗرتی کرنچ تگہٕ دوتہٕ باقے لوکچن موکچن مسرژن سٟتۍ آوُر روزُن آسان چھُ ۔ دوٚیِم سوٚتھُر چھُ سوٚکوٗن تہٕ قرارُک سوٚتھرِیُس ژھوپہٕ ہُند اَکھ انیکھ سوٚدر چھُ ۔ اتھ چھِ نفسیٲتی زبٲنۍ منز Tragic Plane ونان ۔ اَکھ کامیاب تخلیق کار چھُ یِمن دوشوٚنی سوٚتھرن پننہِ تخیُل تہٕ تجربہٕ سٟتۍ مربوٗط کرِتھ زندگی ہِنز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ زان تہٕ آگہی پرٛاوان ۔ ہرگاہ سُہ اتھ منز کامیاب سپدِ نہٕ یا ہرگاہ سُہ گوڈنکے سطحس پێٹھ روزِ گژھہِ تێلہِ چھِ تٔہندس فنس منز گہرٲیی تہٕ گیرٲیی ینٛز ناممکن ۔ مےٚ چھُ باسان زِ یێمہِ دورچہِ واریاہ شاعری چھُ شاید یوہے

شأعری باپتھ چھُ یہِ شاید نوٚ وموضوٗع ۔ اَتھ نظمہِ منز چھُ گریلو زندگی ہٕندِ بکھراوموٗ جب أزی کس انسانہٕ سُند گرچن لو کچن موکچن شادمأنی ین تہٕ خوشی ین نشہِ محروٗم سپدٕنُک کرب باونہٕ آمُت ۔ یہِ نظم چھےٚ پزی پأٹھی سانہِ شأعری ہٕنز تجربأتی رنگارنگی اَکھ اہم ہُربر ۔

کامیاب شأعری ہٕنز مثالہٕ ہیکو أسی محی الدین گوہر، محمد ایوب بیتاب، گلشن مجید، چمن لال چمن تہٕ بیٚیہِ کینٛژن نظم گوشأعرن ہٕنز شأعری منز لبِتھ تہٕ امین کأمِل، راز، شادمتہٕ ساقی بیترِ شأعرن ہٕندِ بوغزلو منز تہِ دِتھ۔ ووٚں گو اَمِچ وکھرِ وکھرِ ذِکر کَرِتھ چھنہٕ یَتھ مقالس طوٗل دِنٕچ ضروٗرتھ تہِ ۔البتہٕ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری یوٚ دوے یِیمہِ دورٕچ واریاہ شأعری وقتی زندگی ہٕنزِ ہنگأمیٚو منزٕ ے ہہنہٕ آمٕژ چھےٚ ۔تہٕ یس کأل تہٕ پگاہ یادٕ ووٚ ترکھ أنہٕ خانوپٹھہٕ نہناونہٕ یِیہِ تمہِ باوجوٗ دتہِ چُھنہٕ یَتھ دورس منز تتھ شأعری ہُنٛد ژھر بریس اَسہِ سنہٕ ۱۹۶۰ء پٹھہٕ سورونہٕ صَدی ہٕندِ ہن یمن ؤری ین تام کہِ کأشرِ شأعری ہُنٛد اِرتقأیی سفرُک نیب دِوان چھےٚ ۔ یِہے شأعری مدنظر تھأوِتھ چھِ أسی یہِ ونہٕ نس حق بجأنب زِسأنی أزِچ شأعری چھےٚ نہٕ جدید دورچہِ شأعری ہُنٛد اَکھ أنی کھلہِ تہٕ أنی مأنی دہ ہراوبلکہِ اَکھ فطری اِرتقا ۔

چھیکرس چھُ یہِ وَنُن تہِ ضروٗری زِیوٚ دوے ہمکال اَدبس منز تہِ غزلس ہتی ہتی نظم صنفہِ شارٕ باؤ ژہُنٛد اَکھ اہم ؤسیلہٕ روٗزِ تا ہم سپدی یَتھ دورس

چھےٚ تجربٕچ وُسعو لحاظٕ اہم ۔ ''نظم'' ناوچ نظمہِ منٛز چھےٚ ییٚمہِ زلہِ ہنٛز
ٹھصاونکأری کرتھ زندگی ہنٛز شادِ تہٕ غمٕچ وگ تہٕ ژھیپہ ژھأر باونہٕ آمٕژ تہٕ ''
پنہٕ پونٛپرِس کُن'' نظمہٕ منٛز چھُ فطرتکین انگن ہُند ژھیپتھ لول درشاوِتھ
اِنسأنی لولس تہٕ انسأنی عملہِ ہندس بجرس وَ کھنے کرنہٕ آمُت ۔ شفیع شوٗقنٕ نظم
''شبچوٗ'' تہٕ چھِ توجہ طلب ییٚتھ منٛز غأر جذبأتی لہجس منٛز شأعرن وَقتچ کو چھہِ
منٛز اِنسأنی زندگی ہند ژھوٚپ دوٚپ سفرُک سرِ ساوبر بوومُت چھُ ۔
بتھے پأٹھی چھےٚ رحمٰن رأہی سنٛز ''موٗلُل شب'' ییٚتہِ وٕو دتہٕ عام ماحول پٕٹھی پُر
اسرأری تہٕ تھ ہتھ بروٚنہہ کُن یوان چھُ تہٕ جانور سنٛز علامتہٕ زندگی ہنٛز مختلف
دشلیہِ درشاوان چھےٚ ''زنِنہٕ اکھ نظم'' یَس ییٚمہِ دورِ کس انسانہٕ سنٛز مأ لی اوسوٗدِگی یَن
تہٕ سہولیٔون ہندس سرابس کُن دوٗری دوٗری زوال کس گٹہٕ ژلس منٛز راونٛچ
کٔڈر حقیقتھ باوان چھےٚ ہکون ییٚمہِ دورکین نُماینٛدٕ نظمن منٛز گنٛزرِتھ ۔ از
کل کس انسانس کوٗز ہجرت تہٕ مأ لی کو مأدی مسلوٗ اکھ عجیب انتشار پأدٕ ۔
چنانچہِ أزی کس معاشرس منٛز ییٚتہِ مأ لی موفادن تہٕ ترجیحن گوڈٕ انوٗأری دِنہٕ
یوان چھےٚ سپٕز رشتن ہنٛز ہأ نکل ژہنٛج اکھ کرٛٹھ عمل شوٗرُو ۔ فردِ سپُد مأدی
ضرٗورتن تہٕ حاجتن ہُند ییٚتھ حدس تام موحتاج زِ رِشتن ہُند تقدس سپُد زأ لی
ہارِ ییٚمہِ کہِ نتیجہٕ گریلو زندگی منٛز بکھراو سپُد ۔ امہِ احساسُک اظہار یوٚ دوے
کیٚشون دوٚیمن زبانن ہندس ادبس منٛز بروٚنہہ سپُد مُت چھُ اماپوٚز کأشرِ

# زنتہٕ اَکھ نظم: اکھ موٲنکون

رحمان رٲہی سٕنٛز ''زنتہٕ اَکھ نظم'' ناوٕ چ نظم چھےٚ کٲشرِس شارٕ ادبس اَکھ مولُل بُرژر۔ یہٕ نظم چھےٚ پنٕنہٕ سیوٚ دساہٕ اند ازِ بیانہٕ باوجوٗد تہٕ مانے تہٕ توٗرٕ چ تہہ دا ری ہیتھ۔ اَتھ منٛز چھُ شاعرن پنٕنہٕ ووٗنہٕ کہِ پُرآشوب عالمٕک دول ڈٕنتھ نہ صرف أزی چہِ زندگی ہٕنٛز اَکھ کرٕٹھ تہٕ کڈر حقیقتھ بڑٕ وٕتھہ کٕن أنٕمِ ہو بٔلکہِ چھُن اِنسأنی اَوندروٗنکی کیٛنٛہہ گٹلی گوشہٕ تہٕ گاشرأ وی متی۔ اَتھ نظمہِ چھےٚ یِیمہِ حسابہٕ تہٕ اہمیتھ زِ اَتھ منٛز چھُ چھلہِ چھانگر سپز ہو گریلو زِندگی ہُند تلخ احساس شاید گوڈنچہِ لٹہِ امہِ شدتہٕ سان باوَتھ لبان۔

یہٕ نظم چھےٚ شێن حصٕ پٮ۪ٹھ مشتمل۔ نظمہِ ہٕنٛز ظاہری واقہٕ بٔندی چھےٚ یِتھ پأٹھی زِ چتھوٕ ڈٕسی چھِ أسی اکی گرٕ کبن چھکر اونہٕ آمٕتین بأژن ہندی نہ صرف زٕ وَکھرٕ وَکھرٕ دُنیاوٕ چھان بٔلکہِ چھِ أسی یِمن دُنٕ یِہن منٛز زون

مٔژ تہٕ ہیتی طور کینہہ تجربہٕ یمن مٔژ ارجن دیو مجبوٗرسٕندطویل نظمہٕ ہُند تجربہٕ تہٕ ناوٕ ہنٛس لایکھ چھُ ۔ مجبوٗرن یتھ پأٹھۍ فطرتھ، لیجنڈ، توأریخ تہٕ سوانحی عنصر پننہٕ تخیلہٕ سٟتۍ أڈرِتھ وسیع تر زندگی ہٕندۍ وسیع پہلو گأشرأوِمتۍ چھِ۔ یہ چھُ توجہ طلب۔ یہ چھُ پزر زِ اَمہٕ باڑوِدار شعرٕ تجربہٕ باپتھ چھےٚ یہ باڑو دار صنف موزوٗن تہٕ تہٕ مناسب تہٕ۔ ووٚں گومےٚ چھُ باسان زِ یوٚ دوے یمو نظمو مٔژ أسی دٔژن تہٕ بأتھ بیترِ نہر تہٕ کڈونظمہٕ ہٕندس کلُہم تو ٔرس پیٚیہٕ نہٕ کأنہہ تہٕ فرق تہٕ نہٕ گوٚژھہ قأری یَس آسأنی سان قدیم لولہٕ داستانن ہٕندس پُٔرزنس گٔژھن زوٗن۔ بہرحال وُچھن چھُ یِزٕ اَتھ تجربس کوٚتاقوٚبوٗلیتھ سپدِ حأصل اما یوٚز یوٚ دوے قوٚبوٗلِہ عام میلِبس تہٕ نہٕ تمہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ کأشرِ شأعری یہٕ قأبل قدٕر ہُر بر۔۔



پٔنِ پننس نِش دوٗر۔ رِوٲیَتی گرن منٛز اوٚس نہٕ صِرف باٚژن ہنٛز قربت بلکہِ گرس منٛز ییم لوکٕچ موکٕچ خوشی تہٕ شادمانیہِ آسہٕ تمن منز اَسی گرکی ساری باٚژ یکہِ وٹہٕ پاٚٹھی شریکھ سپدان تہٕ مسرتھ پراوان۔ مگر اِقتصادی مجبوٗریہ ییلہِ رِشتن ہنٛز وتہِ منٛز ٹھوٗر بنیہٕ تٔتھچہٕ دژاو رشتن ہُند دوٗرن۔ اَمی نہِ پانٛس ستی تم لوکٕچ موکٕچ خوشیہِ تہٕ مسرٔژ ڈوٗتھ ییمن رِشتن ہنٛز لوٗگ لون آسہٕ۔ یتھ پاٚٹھی سپد فرٛد ییمو نِش تہِ محروم۔ بقولہِ اَکھ اردوٗ شاعر۔

اِک وقت تھا کہ چین کا سامان تھا گھر میں
بیٹا تھا دسترس میں برادر اثر میں تھا

مگر دوٗر بدٕ گوہران تہٕ نوبتھ واٚژیوٚ تت تام۔

اب دیکھیے کون آ ے جنازے کو اُٹھانے
یوں تار تو میرے سبھی بیٹوں کو ملے گا

اَمہِ صوٗرتِ حال کِس تنوظرس منٛز یِژ دوے وٚچھو "زنتہٕ اَکھ نظم" چھےٚ امی احساسچ بیٚنہٕ انداز باوتھ۔ نوش نچو چھُ لیاہس منٛز تہٕ مول ماٚج کٔشیرِ۔ دوشہٕ وِنی درمیان چھےٚ چِٹھی یا تار بیترٕ وسیلوٚ ‌ سی شیٚچھ خبر واتان۔ نوش نچو چھ پنہٕ زندگی ہنٛز تاٚمیر کاٚری منٛز دنہٕ پنہٕ لگتھ اَتھ کارگہہِ تاٚمیر کاٚری منٛز بروٚنہہ بروٚنہہ پکنچ دوتھ ژھانٛٹھ کران تہٕ مول ماٚج ییٚتہِ کٔشیرِ منٛز زِندگی ہند بن لوکٹین بڈبن مسلن ہنٛز فکر کری کری دوہ دوہ کڈان۔ نظمہِ منٛز

والِھن یِمَن اکی گرٕ کِھن بأژن ہنٛز حبس حرکتھ تہٕ یِہند ہن دِلن ہُنٛد وٕ تلُن
بوڈُن تہٕ ژینان۔

أزِکی زر پرست معاشرن دِژ مأ لی مفادن تہٕ ترجی ہن گوڈٕ
انو آری۔ امہٕ ستی سپٕز گریلو رشتن ہنٛد اِنہدام عمل تیز تر۔ ییمہٕ کِنی گریلو
زندگی ہنٛدِس سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ وار یاہ مسلہٕ پأدٕ سپدی۔ مشترکہٕ گرن ہنٛدس پٮ۪نٛز
وونس منٛز اوس فرٕ دأکھ بامانے اِکأیی۔ تس اوس باسان زِ سہُ چھُ کأنٛسہٕ ہنٛدِ
باپتھ تہٕ کأنٛہہ چھُ تٔسنٛدِ باپتھ زُوان۔ گرٕ کِھن بأژن اوس پانہٕ وأنی لولُک تہٕ
مایہٕ ہُنٛد سوٗتھ تہٕ قُربِچ ہأنکل۔ ییمہٕ کِنی مختلف رِشتن ستی مختلف توقع تہٕ تصور
وابستہٕ سپدی ییتی أسی مثلن ’’زنٛگہٕ زنٛگ‘‘ نکھہٕ پھٮ۪وک‘‘ ڈکھہٕ لور‘‘ تریشہِ کل
یا شُہلی کُل بیٚترِ۔ رِشتن ہنٛزِ ہأنکلہِ منٛز اوس فردس تحفظُک احساس سپدان۔
اما پوٚز نوِ ترقی کٔر گریلو زِندگی تہٕ متأثر۔ فرٕد سپُد مأدی ضرٛورژن تہٕ حاجتن
ہُنٛد زبردس موحتاج۔ قُربِچ ہأنکل ہیٚوٗن ژھٔنٛنہٕ تہٕ یتھِ پأٹھی آوگرٕ
چھکراونہٕ۔ اَتھ صوٗرتِ حالس چھِ مختلف وجوہاتھ مثلن پننہِ روزن جایہ
روزگار کِھن ڈٔسِلن ہنٛز کمی، فرٕد سٕنٛزن ضرٛأحیون پوٚرٕ پأٹھی وٕتھ واتشر
پرٛاونکِھن مُنأسب موقن ہنٛز عدمِ دٔستیأبی، ہُروٗن کنزیوٗمرِزم تہٕ زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ کماونٕچ تگ دَو۔ یہِ رُجحان چھُ سٔٹھاہ تیزی سان سوٗن تہٕ
گوٗن سپدان۔ یہِ چھُ بڑی اَکھ پیچیدٕ صوٗرتِ حال۔ تِکیازِ اَمہٕ ستی سپُد

نہٕ کانٛہہ تہٕ اند نظر گوھان چھُ ۔ اماپوز ژھری بنک ڈرافٹ ہیکن نہٕ
دۄ ریٚزک کرب دۄر کٔرتھ تہٕ نہٕ رشتن ہندس راوٕتس تقدُسس تلافی
کٔرتھ ۔ امہِ چھلہٕ چھانگرِ تہٕ دنہٕ کماونچ ذودوکری نہٕ رِشتے یوت متأثر بلکہٕ
سپدی امہِ ستی پزٕ زنزٕستی وابستہٕ باقے مسلہٕ تہٕ پأدٕ ۔ بقولہٕ بشیر بدر ؎

پہچان ہم نے اپنی مٹایی ہے اس طرح
بچوں میں کویی بات ہماری نہ آے گی

نظمہِ منز نِکہٕ ستزن أچھن منز سمیومُت اوٚش چھُ أتھی تلخ حقیقژٕ کُن اِشارٕ ۔
نظمہِ منز چھُ دون سوچن تہٕ این ہُند ٹکراو تہٕ تضاد ۔ بچو چھُ مأیُس
ماجہِ ییٚہ تسلا دِوان زِ تیتھٕ وۄتھ ژھانٛٹھ چھےٚ تہندی پرٕژر باپتھ مگر مول چھُ بچوی
ستزٕ أتھ تنگ دوٕ اندووٗثت وچھنہٕ باپتھ تہٕ دۄر بر اندوانتہٕ باپتھ
کزیشان ۔ بچو چھُ جوان تہٕ زندگی ہُند مأری منز رچھُ سہ مأدی ترقی ہندین
تھزرن منز وچھان ۔ بُزرگ مول چھُ زندگی ہندین غمن غوطن، اندیشن
تہٕ وسوسن منز ہینہٕ آمت أتھ برعکس سوچان ۔ أز ییک اِنسان چھُ کم کم سُو
گٔرتھ پننہٕ زِندگی ہنزٕ شیرٕ پارٕ باپتھ رنگہٕ رنگہٕ جُستجو کران ییٚہ زانہٕ ورأی زِسہٕ
ییٚمہِ باپتھ ییٚہ سوٗرے کران چھُ سُہ منشہِ ییالس بال کنہٕ نہٕ ۔ تِکیا زوق چھُ
زٕ ہدار ژلان ۔ أتھ تأمیر کاری ہنز ژلہٕ لار منز ہیکہٕ کُنہٕ تہٕ ساتہٕ دب دزِس
لٔگتھ تہٕ سأری ہے گوٚھ سم سوٗتر ۔ مأیُس چھُ ییٚہ احساس کۄران ۔ بچوی سُند

چھُ دوشوٕنی پٹھِن ہُند یہِ صوٗرت حال لرِ لوٗر پکان ۔ مثلن نوش نچو چھُ امہِ وہ پرژنی یِہکس بظاہر خوش خرم ماحولس بیٚمہِ آیہِ مُتی کران ۔

ویسے پٕژتھ دوہ صبحے گردِش، شامن ویڈیو
ہمسایہِ چھہِ مشرقہِ مغربہِ طرفا توٗ آمتی
تمہِ اسہِ ساہرٕ ی اُسی تمن پۄھی
بوزنے چھنہِ یِوان آو کپاٗری دوہ دزا دکپاٗری
اُسی چھہِ بلکل وارے سوکھہِ سان

تہٕ بیٚیتہِ ماج پنٕس اولادٕ ہٕنز دوٗری وتراونہٕ باوجود تہِ رشتن ہٕنزِ ہانکلہِ دربر دِنہٕ باپتھ اُشناون گلہِ میوٗٹھ دِنہٕ پھیران تہٕ مول اُکس شارٕ محفلہِ منٛز پٔننہِ پٕژ ژنو ہٕندی ژھلیہِ گتی گاشراوان ۔ مثلن ۔

ژٕے اُشناون گلہِ میوٗٹھ دِنچ مجبوٗری
یہِ اُکس ادبی محفلہِ منٛز اُولی پن کھاران
کاشُر شارتہٕ لوٗچ باوتھ.........................
نمہِ برس اوس قلف
تہٕ اُندرٕ آنگنس ہوٗنس وولیوٗمت آلو

اُز یک اِنسان چھُ سوٗنچان زِ چھراپاٗنسہِ ہیکہِ تٔس زندگی ہٕنز مسرتھ تہٕ شادمانی عطا کرِتھ تہٕ یتھ پاٗٹھی چھےٚ دنہٕ کماوچ اَکھ گگر دور جاری ۔ تھ

پٹھ سپد ان چھُ۔

بہر حال یہِ نظم چھےٚ زبانٕی ورتاوِ لحاظہٕ تہِ دلچسپ تہٕ" صدا" پٹھ "نیٚول غزل" قبیلہٕ چِن نظمن نِشہِ یَیمہِ موٗجب وکھرٕ زِ نہ چھُ اَتھ منٛز اساطیٖری علامژن ہنٛدِ ورتاوُک ادٕبہر گو ٕبر تہٕ نہ تتھ حدس تام لفظہٕ سازی تہٕ ترکیب سازی یَس رأہی ہنٛز پھیٖرٕ ہاوخوٗبی چھےٚ۔ اچھِ زبأنی ہکو أسی ربو اَیتِ تنقیٖدی آیہِ بے تکلُف تہٕ أزی کہِ حسلبہٕ ڈرائینگ رٕوٗچ زبان ؤنِتھ۔ اما پوٚز لفظس لفظس چھُ شأعرن تخلیٖقی چھوٚستی مانٛیک تہٕ توٗژُرک بیٚو وثت زوٗ زِبتہٕ وہ پدومُت۔ خاصکر چھِ تم مکالمہٕ نظمہِ ہنٛدی زوٗیم شأعِر کٕنہِ شیٚچھہِ ہنٛدِس ردعملس منٛز گرٕ واجنہِ ونان چھُ۔ یِمو دٔسی چھےٚ اَتھ منٛز نہ صرف ڈژ اَمأیَتھ آمژٕ بلکہ اَکھ زوٗ دار مگر دَر پردٕ طنزیہ اندازٕ تہِ۔



مُزید دون وٕرِ یَن پٔتھ کونٹریکٹ کرنٕچ شٔنچھ چھیٚنہٕ تَسٕندِ باپتھ کانٛہہ تہٕ خوشی ہٕنٛز کتھ۔ بٔلکہِ چھُ یہِ بوزِ تھے تہٕنٛد صبرُک وونٛدٕ وُشنیر کانٛگرِ نارٕ کِ پأٹھۍ دِتہٕ گوٚھتھ سوٚرِ سپدان تہٕ نٔتیجہٕ چھُ زِ خوف چھُ غألب سپدان یُس نظمہٕ ہٕنٛدس أخری حصس منٛز خلبہٕ کِس صوٗرتس منٛز باونہٕ آمُت چھُ۔ شُتر مرغس سکہِ صحراوٕ منٛزِ دوٗرِ دوٗرِ سپز ہٕو نادار حالتھ تہٕ تمہِ پتہٕ یہِ کیٛشوہا حسبِ حال گرِ دزٕ ینٛٹھان سپدان چھُ یہِ چھےٚ تمی صوٗرٕژہٕنٛز کارگُذأرِی یتھ متعلق غألب وَنان چھُ

ے

میری تعمیر میں مضمر ہے اک صورت خراب کی

ہیولٰی برق خرمن کا ہے خون گرم دہقان کا

غالبس نِش چھےٚ یہِ خرأبی ہٕنٛز صورتھ آسنہٕ باوجوٗد تہِ اَکھ خوٗبی تکیازِ امی خوفہٕ کِنۍ چھےٚ زندگی ہٕنٛز ووٚسہِ دروٚسہِ منٛز اَکھ سرعت یِوان۔ بیٚیس جایہِ چھُ سُہ وَنان

ے

کارگاہ ہستی میں لالہ داغ سامان ہے

برق خرمن راحت خون گرم دہقان ہے

اماپوٚز یتہِ چھُ نہٕ یہِ خوفس تامے محدوٗد۔ بٔلکہِ چھِ أسۍ امچہِ کارگُذأرِی پتہٕ ووٚتلیمٕو تصویر تہِ وُچھان یَس درٕدناکھ چھےٚ۔ یُہے چھےٚ سانہِ أزی چہِ زندگی ہٕنٛز نظم یمیٚک توٗژ کرب آمیز چھُ تہٕ یَتھ منٛز نہٕ کہنۍ تہِ منصوٗبہٕ بندطریقس

اِشارٕ ی۔ یتھ تہٕ استعیارٕ ی اندازٕ کہِ پٹھن دزٕ ٹھ گوھان چھُ۔ وۄنۍ گو یمہٕ نظمہٕ چھےٚ
اَمہِ برونٹھمہِ کاشُرِ شاعری ہنٛزن بیشتر نظمن نشہِ (مثلن گریسی کوٗر، ڈٗری یاو، بیترٕ)
یمہِ لحاظہ مختلف زِ برونٹھمین نظمن ہنٛدِ خیالکہِ تکرار بدلہٕ چھُ یمن منٛز خیالُک تسلسُل
تہٕ اَمہِ پٹھٕ تمین نظمن نشہِ چھےٚ یم یمہِ لحاظہ مختلف زِ خیالُک تسلسُل آسنہٕ باوجوٗد
چھنہٕ یمن منٛز خیالُک اِرتقایُس جدید موخصر نظمہِ ہُنٛد خاصہٕ چھُ۔ بہرحال تسلسل
خیال چھُ اَمہِ دورچن بیشتر نظمن منٛز تہٕ چمَن ہنٛزٕ یم نظمہٕ تہٕ چھےٚ یہ کتھ برونٹھہ کُن
انان زِ سہٕ چھُ اَتھ دورس منٛز تہٕ شاعری ہنٛدین ہیتی تقاضن نشہِ تہٕ حبہٕ ہُشیار تہٕ
باخبر اوسمُت۔ زبانٕی لحاظہٕ چھُ اَہنٛدس اَمہِ دورٕ کس کلامس منٛز دینا ناتھ نادم سُنٛد
اثر ٹاکارٕ مثلن ۔

بُٹھمین بوش کھوٗتمُت تھربن پوش دزاہتی
کران ژھلیہِ گتی شُری ئنہٕ وارٕ ی دزاہتی
مےٚ زن وُچھنہِ پانس منٛزم یارٕ ی آہتی
کھہن منٛز چھِ بیہِ گریسی کمہِ شلنہٕ آہتی

اَتھ سۆ مبرنہِ منٛز شامل نظمہٕ ’’بہار وچانٕی ذاتھے‘‘ ’’یتھ یارِ تل‘‘ قو درتھ
چھُ فنکار ’’حسُن گوشہِ گوشے‘‘ تہٕ ’’بہار‘‘ بیترِ نظمن ہنٛز مولا نکون کرنہٕ پتہٕ چھُ عیان
سپدان زِ یِہوے پزٕ تھ کُنہِ نظمہِ چھُ اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ فطرتکین رنگن منٛز راونٛچ جُستجو۔
شاعر چھُ اکثر زندگی ہنٛزٕ وو سہٕ دروسہٕ نِش فرار سپدِ تھ قو درتکس پُرسکوٗن تہٕ

# چمن لال چمن

جدید کأشرِ شأعری ہند بن نظم نگارن منٛز چھُ چمن لال چمن اَکھ وِیوٚد ناو۔ الہٕ پلہٕ ژتجی ہَن ؤری ین ہنٛز ادبی زندگی دوران کوٚرتھٕ کأشرِ نظمیہِ شأعری پننو تخلیقو ستیٚ زُت بُرژر۔ چمنن یوٚ دوے غزل تہِ لیکھی متیٚ چھِ امیوٚ زسأنس ادبی توأرنخس منٛز چھُ سُہ بحیثیتہ نظم گوشأعرے زانہٕ یوان۔

چمن لال چمن سنٛز ادبی زندگی ہکوٚ اَسی وٕتھی پوٚتھی پأٹھی ترٛن دورن منٛز بأگرِتھ۔ اول شبنمی شارک دوٚیُم جدید دور تہٕ ترٛیِم نمتہٕ یورٕکن۔ چمنٕنی گوڈنچ شارِ سوٚمبرن ''شبنمی شار'' چھپیہِ ۱۹۶۳ ءہس منٛز یتھ منٛز غزلو مقابلہٕ نظمن ہُنٛد حصے ژوٗر چھُ۔ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھےٚ تیٚسنٛز ابتدأیی دورٕچ شأعری شأمل۔ یِمن اکثر نظمن منٛز چھُ اکھِ جوان دِلُک لولہٕ مژرتہٕ فطرتچن رنگہٕ سوٚنژلن منٛز راونٛچ منہ کامن باونہٕ آمژ۔ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز شأمل اکثر نظمن منٛز چھےٚ زٕ خوصوٗصیژ نُمایاں پأٹھی جلوگر۔ اول بیانیہِ اندازتہٕ دوٚیُم براہِ راست اوسلوب۔ یِیمہِ کنیٚ اَتھ شأعری منٛز اختصار،

گوہبس مطالعہٕ تہٕ آسُن"۔ چنانچہٕ کأشرِ شیرازٕ چ ایڈیٹری کرنس دوران سپدٕ چمنس
ہمکال کأشرِ شأعری ہٕندس مزازس تہٕ نہجہِ ستٕک موقہٕ فراہم تہٕ واہٕ واہٕ لوٗگ سہٕ
پننین نظمن منز ٹاہر جذباتھ نگأری اَوٗک طرف ترأوِتھ ہمکال زندگی ہٕندس
وِلکھوارس حقیقتھ پسندانہٕ آیہ سنہٕ۔ شیمنٕز شارہ پتہٕ روٗد اوہٕنٕد کلامہٕ شیرازٕ بیتر
رسالن منز مٕنزی مٕنزی چھپان۔

چمن لال چمنٕ روٗد بڑٕ وٗہہ کُن زیادٕ پہن نظمے لیکھان تہٕ سأنس موٗجودٕ
شارٕ ادبس منز چھُ سہٕ بکٕنی یتہٕ نظم گوشأعرے پٕز زناونہٕ یوان تہٕ خاصکر تمو نظموٕ سٕی
یم تمی ۱۹۶۷ یور کُن لیٖچھ۔ اَتھ دورس منز ترأوی چمنٕ ہیو ہنٕدی روأیتی زولانہٕ
تہٕ سہٕ لوٗگ پننین شارٕ تجربن ہٕنز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مُکمل باوٕژ موٗجب آزاد نظمن
ہٕنزٕ ے تخلیق کرنہِ۔ تہنٕزن یمن موخصر نظمن منز چھُ جدید فکرتہٕ سوٗنچ جلوٕ گر۔ یمہ
آزاد نظمہٕ مدنظر تھأوِتھ چھُ باسان زِ چمنس چھِ زیادٕ پہن تمے موضوع پٕزیہ وٕنی
یمن أز یک نقاد جدید مزازٕ چہِ شأعری ہٕندس دنیاہس ستی مجراگنڈان چھُ۔ تتھہٕ
پأٹھی چھے موضوعی اعتبارٕ تیٖنزٕ تمہٕ نظمہٕ عصری زندگی ستی واٹھ تھاوان مثلن أزی چہٕ
مشینی زندگی ہُند پُر آشوٗب صوٗرت حال تہٕ أتھی صوٗرت حالس بٔتھی ژنجہِ لوٗگمت
أزیک اِنسان۔ یُس انسانس مشینی تہذیبن قدرن ہنٕدی سوتھی ڈٲٹھ تمتی چھِ تہٕ
یمہِ سبہٕ سہٕ اکہِ شدید ذہنی انتشارک شِکار سپدٕمُت چھُ۔ چمن چھُ اکثر انسانہٕ
ہٕنزِ حیوأنی خصلتُو ہُند تجزیہ کرِتھ یتھ کتھہِ للہِ کھوٗل کران زِ انسانس یُس تہذیبک

ماأری مُندِس ماحولس منٛز چھپن جاے ژھارنس در پے۔ یُتھ نہٕ پننہِ وقتی غمہٕ نش
نجاتھ پزٕ اوتھ ہیکہِ۔ یِوہ پزتھ گژھہ نظمہِ منٛز چھےٚ فطرتھ شاعرس نش محض اکھ حربہٕ
یُس لَس کیٛنژن ژِہلن ہُند باپتھ احساس تہٕ خیالن منٛز لطافتھ وٕ تلاوان چھےٚ۔ وۄنں
گواتھ منٛز نہٕ چھےٚ اَکس پوٚختہٕ کار فنکار ہندی پأٹھی فطرتس منٛز یکسر محو سپدِتھ امِکس
لازوال حُسنس منٛز پننہِ ذاتُک پرتو وُچھنچ تگ دوتہٕ نہٕ پننس رُحس فطرتکس رُحس
ستی ہم آہنگ کرنچ کوٚشش۔ اَمہِ سبہٕ ہیکو نہٕ اَسی یمہٕ نظمہٕ فطرتھ پرستی ہندس
معیارس پیٹھ تہٕ پرکھاوتھ۔

وۄنں گوأتھی سۆمبرنہِ منٛز چھےٚ تِتھہ کینٛہہ نظمہٕ تہِ شأمل یِمہٕ تسُندِ شاعرانہٕ
مزاجُک تہٕ وتھونن فنی صلاحیتن ہُند پے دِوان چھےٚ تہٕ باسان چھُ زِ سہٕ چھُ
زندگی تہٕ امکنن سنزن وۄگنیرن سنجیدگی سان سنٛنچ کوٚشش کران۔ یمو نظمو تلہٕ چھُ
باسان زِ چمن چھُ لفظن ہنٛزِ اہمیتُ نش تہِ باخبر سپدُن ہوان۔ "پریشان زندگی
آسان بے ترتیب" تہٕ "کشمکش" ہشہِ نظمہٕ چھےٚ اَمچہ رِژ مثالہ۔ چمنن یُتھے ہیوٗ
کلامہٕ مدنظر تھاوِتھ آسہِ ہے شاید اختر محی الدینن "شبنمی شارس" متلق پننی
توثراتھ باوان ووٚنمُت۔ "نوین تجربن تہٕ نوین نٔہجن ستی ستی پننین خیالن ہند
اظہار شارس منٛز کرن چھےٚ أزی کس شاعرس سنٛز کام تہٕ چمن چھُ یہٕ کام رتی تہٕ شاندار
پأٹھی انجام انان"۔ چمن سنٛز اتھ شاعری تہٕ اتھ منٛز شأمل نظمن متعلق چھُ اخترن
یہِ اشارٕ اہم زِ "أزی کس زمانس منٛز چھُنہٕ کأنی زِ شاعرس گرٕ ہہِ وُ زِنی آسنی بلکہِ

احساسچ باوتھ سپز ہو مشکن۔

مے چھُنہٕ تگان بوزنٕے بہٕ رووس

بہٕ کُس کُتھ وُ چھ بہٕ کور کُن نمہٕ

بچارٕ آدم

پیٚتی تھوان کھورٕتی ژمان میٚوٕ

نظامٕ شمسی زبوان ئوٚ ئ ئوٚ ی......

تصورن ہٕندی جتاز ییمی وُ چھ

سُہٕ کُس صنم گرٕ۔

چمنٕ سنٛز ''آدم'' نظم چھےٚ جدید دور چِہ تَسنٛزن نُمایندٕ نظمن منٛز۔ اَتھ منٛز تہٕ چھُ اَزی کس انسانہٕ سُند دردناکھ صوٗرت حال یُس سائینسی تہٕ ماٗدی کمالو باوجوٗد تہٕ اخلاقی تہٕ روحانی زوالکس ازٕ اَنی دُوٚلتس پیٹھ اِستادٕ چھُ۔ یہٕ نظم چھےٚ ییمہٕ دور کس انسانہٕ سنٛز تصویر برونٛہہ کُن انان ییمی سُند ذہن سائینسی نوقطہٕ نظرٕ تہٕ مختلف نظریوکو فلسفوٗ سی فطرتکی مختلف رموٗز تہٕ اسرار ژٕراونس منٛز کامیاب سپد مُت چھُ اَماپوٚز اَتھی ستی ستی چھِ اَہندس وونذس منٛز صٔد یو پیٹھہٕ پزٕتھن وٲلی عینیت تہٕ مثالیتکی تصورلتہٕ موٗنجہِ تہٕ سپدی مٕتی۔ ییمہٕ کنی اَزی کس انسانہٕ سُند پتھ کال بےٚ ملنہٕ تہٕ پیٚش کال مُبہم چھُ۔ اَمس انسانہٕ سنٛزٕ بےبسی چھےٚ یہٕ زِیوٚ دوےاکہِ پاسہٕ اَہنٛز علم آگہی منٛز ہُر بر سپدان چھُ دویمہِ پاسہٕ چھُس اِنسٲنی قدرن تہٕ لولُک گاش رسہٕ رسہٕ

رنگ روغن تہٕ پیٹھی ولُت صُدری یو پیٹھ کرنہٕ آمُت چھُ ۔یہِ چھُ محض اَکھ ماسک تہٕ مأدی ترقی ہنٛد بن نوبن مرحلن ستی ستی چھُ یہِ ماسک رَسہٕ رَسہٕ رنتھ پھوان تہٕ انسانہٕ سنٛز حیوأنی خصلتھ چھےٚ تس پیٹھ غأرلب سپدان ۔یہِ تہذیبی مُل مایہِ چھُ چھرا باوٕ باوٕ باپتھ ۔مُلہٕ تلہٕ چھُ نتہٕ سأنی لذژہنٛدی پیانہٕ تمے ییٚلہِ أسی ارتقاکین ابتدأیی مرحلن دوران خانہٕ بدوشی ہنٛز زندگی ژُوان أسی ۔چمن چھُ ونان ۔

میأنس رویَس کُن گوھی زنہٕ

ژٕ نےٚ آسہے پانہٕ تہٕ پنہٕ نین أچھن منٛز

والنٛد رخو یہِ ہُنٛد پے لۆبمت

اتھن پنہٕ نین آسہے

جنگلی خۆنک نۆن ژُہمت.

میانہِ اِنسانہٕ

بہٕ چھسے بَن مانس

جدید شأعرس چھُ یہِ شدید احساس زِ سبٹھاہ کیٚنہہ أسِتھ تہِ چھُنہٕ اِنسان کہنٛی ۔اِنسان چھُ پنہٕ نین صلاحیژن تہٕ قوژن برونٛہہ کنہِ بے بس ۔صلاحیژن تہٕ موٚیوٗسی ہٕنٛد بن دون حدن درمیان رۆزتھ سپد تہٕندس اوٚنٛد رۆنس منٛز شکست ریختُک اَکھ اژھن سلسلہٕ شروٗع ۔یِتھہٕ پأٹھی سپُدتس خود شکستگی تہٕ بے بسی کنٛی لاشعوٗرتُک احساس پأدٕ ۔چمن لال چمن سنٛزِ" گاش" نظمہِ منٛز چھےٚ امی کرٕ یِتھہِ

ہبکان۔ وۄں گوامہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ باسان زِ ییٚمہٕ فنکارلنہٕ تو ژھہ تہٕ
صلاحیژ ہُند آکار ہیوٗ اَسہٕ ''شبنمی شار'' کِس کیٚنژون شارن منٛز ڈیٚنٹھی گوھان چھُ
بروٗنہہ کُن پکِتھ زَنتہٕ چھنہٕ تِمی پوٚختگی ہُند ووتھ واشر پژ وومُت۔ یژھن جاین چھے
اُہنٛز شاعری نہ زندگی متلق محض نِہ کتھہٕ باسان۔ باسان چھُ زِ شارہٕ تجربہٕ باونہٕ
بدلہٕ چھُ سُہ نہ علمی تہٕ فلسفی زاٗنکاری ہند عاٗنکہٕ انسانی زندگی پیٹھ تنقید کران۔
اُہنٛز فنکارلنہٕ صلاحیژ ہُند بوٚڈ روٚٹ چھُ شاید یہٕ زِ سُہ چھُ بعضے شارہٕ تجربکہٕ مکمل
اِدارکہٕ بدلہٕ پننِس مخصوٗص زہنی رُ وِلیس تہٕ ردِعملس زیرِ اثر روزان۔ اِمو کھہٕ چھُ
سُہ حقیقتھ ژینہٕ یا وتر اونہٕ بدلہٕ بعضے عمل پسند یا تجزیہٕ کار بننٛچ کوٗشش کران۔ شاید
چھُ امی کنۍ محمد یوسف ٹینگ تس نتیجہٕ کڈنک عادی مانان (شیرازہٕ نظم نمبر) چمن چھُ
گھے وَجہ تہٕ وجہک اَثر ژھانڈنس دَرپے تہٕ گھے مسلن ہندۍ حل یا تجویز پیش کران۔

ریشم پلون وٗلِتھ بن مانس
پننہٕ جوٗ ہُند وردن ژھاران
تہٕ تو ے روزِ میانین وتہٕ پد بن آدمی خوٗنچ بوے بِوان۔

وُچھتو یہٕ تجزیہٕ پسندی ہنٛز ترا ے:۔

یہٕ دود چھُ بارِ دود......
یہٕ چھُ بانہٕ بانہٕ وُچھن۔
اُمِس چھُ اپریشن لازمی

سوٗتھن ہیوٗ ان ۔امی احساس کہِ نتیجہ چھُ اُز ییک انسان خوف ہراس، نااوسودگی تہٕ نفسانفسی منٛز ہینہٕ آمت ۔

چمن چھُ یہِ دگ تہِ وتراوان زِ زرپرست معاشرچہ تنگ دٕ وِ منٛز رأ وی انسانس تمہِ ساری وٚسیلہٕ یموٗ دٔسی تس بیٚین ستی روزنک تہٕ رأبطک سوٚکوٗن تہٕ راحت میسر سپدان اوس ۔ یتھہٕ پاٹھی گوٚتس تنہأیی تہٕ اجنبی یُتھ ہُند احساس سنان تہٕ گنان ۔انسان سپد خأرجی ماحولہٕ نِش منقطع تہٕ ژمیوو پنٕنِس وجوٗدس منٛز ۔ برونٛہہ اَس معاشرس فرد ہنٛز شیر پادِ ہنٛز ذمہٕ وأری تہٕ فردس تہِ اوس قدرن ہنٛز رأچھ راوچہ ہُند ژُکھ۔مگر فرد ییٚلہِ فردس نِش دوران گوس سُپد پنٕنِس ذاتکس کاوُشپس منٛز اَژنس مجبوٗر ۔پنٕنہِ ذاتکس خلوکھ خانس منٛز اُژتھ تہِ روٗدتس کُنہر تہٕ تنہأیی چھن ٹُلان ۔ ''کھُکُش ننہدر'' ناوِچ نظم چھےٚ اَمی کُرنچ باوتھ کران ۔

میوٗن اوٗندپوٚکھ کاوِشپ بند
دارِ برٛتز وپرتھ کُنہر
آوسیوٗ مُت پِش تہٕ اُتھی تل کُتجہِ اول......
میوٗن رَتھ میأنی میٚوٗ میوٗن شاہ
ترٕنہٕ کولہِ کھٹکش ننہدر

کینٛژن جاین چھُ باسان زِ چمنن چھےٚ زندگی ستی سبٹھاہ نکھہٕ روٗزِتھ موکھ مُدا اے کُرمژ تہٕ پنٕنہ اُندٕ ڈیکھی کہِ ہٕلنہِ ڈلنگ نبض چھُ سہٕ بأریکی سان ژٕلتھ

چھےٚ ۔ تِکیازِ نظمہِ منٛز چھےٚ نہٕ تِتھِمن اِشارن ہنٛز کٲمی یِم اَتھ تِمن حالاتن ہنٛز باوتھ کٲری بناوان چھِ یِم شاعرس باگہِ آمتۍ آسی۔

دوٚیِم نظم چھےٚ ''وو پر'' یَتھ منٛز چمنؔ پنٕن پان توٲر تخلّس تتھ چوکاٹھس منٛز وُچھان چھُ یۄسہِ منصفی ہنٛدی دیوار تھدٕ کٔرتی چھِ تہٕ یۄسہِ نہٕ تسُنٛد گدرُن بٕنن بۄزنہٕ باپتھ تہِ کانٛہہ تیار چھُ ۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھےٚ شاعرن گرٕراونہٕ تہٕ وو پرجایہِ دکن تہٕ دولن لکنہٕ کٕمن حادثاتن تہٕ حالاتن ہنٛز باوتھ کٔرمٕژ ۔ یِمن نظمن منٛز چھِ اَسی اندازِ بیانٕچ اَکھ لوتہٕ وٲے تبدیلی تہِ ژینان۔ یہِ چھُ پزر زِ جدید دورچن نظمن منٛز چھُ چمنؔ پننہِ کنہِ اندازِ بیانس منٛز پُرخلوص روزنٕچ کوشش کران ۔ اماپوٚز یہِ کران کران چھُ سُہ تفصیلن منٛز ہنہٕ یوان تہٕ یتھہِ پاٹھی چھُ تجربہٕ پسہِ پردٕ سپدتھ تہٕ تسنٛز سونٛچن ترٛاے بروٚنہہ کُن یتھ اَکی ہے کتھہِ مختلف انداز و ووج لگان۔ تِتھِمن موقن پیٹھ چھُ تسنٛد بن پیکرن منٛز تہِ ٹھہراوہیوٚ آمُت ۔ مگر ''بارِ دود'' تہٕ ''وو پر'' نظمن ہنٛد حُسن چھِ یِہنٛد اختصارتہٕ ورگہٕ باوتھ۔ جدید دورس منٛز تہِ اوسنہٕ چمنؔ براہ راست اوسلوب پورٕ پاٹھی ترٲوِتھ ہیوٚ کمُت مگر نمتہٕ پٔتی مین نظمن منٛز چھُ کُنہِ کُنہِ علامتی تہٕ استعیاراتی اندازِ نظر گوٚہان تہٕ یہِ چھےٚ أمنٛز نمتہٕ پتمہِ شاعری منٛز دوٚیِم تبدیلی۔

بہر حال چمنؔ سُنٛد شاعرانہٕ فن اوس نہٕ وُنہِ ژھوکیومُت ۔ شاید ہیکہِ ہے تسُنٛد فن بروٚنہہ کُن وُنہِ تہِ وارِیاہ ووتھ واشر پژٲوِتھ تہٕ یوٚ دوَے لس موتھ موہلتھ

چمَن سٕنٛز پھیرِ باوخوٗبی چھےٚ یہِ زِ سہٕ چھُ موجوٗدٕ ژہینٛگ کرب مشراونہٕ
باپتھ خالے پتھ کال یا یادٕ وٚترٕ کُس شہجارس تل ژلان ۔ پتھ کال پرستی ہنٛدِ روحجانہٕ
نشہِ اَمہِ گریزک وجہ چھُ شاید زِ چمنس چھُ انسانہٕ سُند سےٚ حیوٲنی روپ أ چھن تل
یُس تس متلق پٔرتھ دوٗرک پزر چھُ ۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ تس نہٕ چھےٚ پتھ کالچ لادنےٚ نہٕ
پیٚش کالچ کل ۔ مسلن ہٕنٛدی حل دِنہٕ باوجوٗد تہٕ چھےٚ نہٕ تس یہُنٛدِ کارگری پٔتھ پژھ ۔
بٔلکہِ چھُ تس یتھ زِ انسلنہٕ سٕنٛزٕ زندگی ہندبن وتہٕ پدبن روزِ آدمی خوٗنچ بوٗ ےیوان
یُو دوے سہٕ پنٛنس تہذیبی جندس کم کم پیوند کرِ ۔

چمَن سٕنٛزن نمتہٕ پٔتی مین نظمن منٛز ہیکو أسی دوٕ یہِ قسمچن تبدیلیٛن ہٕنٛز
نِشاندِہی کٔرتھ ۔ اول موضوٗعی طور ۔ أہنٛزن جدید دور چن نظمن منٛز چھِ وجوٗدیت
پسندن ہٕنٛدی پٲٹھی کرب اضطراب، تشکیک تشویش تہٕ موٗیوٗسی کیو بےیقینی ہٕنٛدی
احساس یسلہٕ پٲٹھی اَمایوٗ زوجوٗدیت کہ فلسفک اصل ہرترٕ یانے قوت ارادٕ ڈٲسی
اَمہِ انتشارٕ منٛز پٔنن پان سہر کڈنک ہلہٕ بلہٕ کرُن چھُ اَتھ منٛز غٲر موجوٗد ۔ یہِ ہلہٕ بلہٕ
تہٕ ہمسو سہٕ چھُ نمتہٕ پٔتی مین نظمن منٛز محسوٗس سپدان ۔ ییلہِ چمَن موٗجوٗدحالاتو ڈٲسی پننہٕ
سماجی زندگی ہٕنٛز چھلہٕ ڈٕرُد چھان چھُ ''بارِ دود'' تہٕ ''وٕ وپرٕ'' ناوچہ نظمہٕ چھےٚ اَمچہِ
پرٕژٕ مثالہٕ یم ییمہِ دورچہ أہنٛزٕ نُمایندٕ نظمہٕ مأنتھ ہیکو ۔ ''بارِ دود'' نظمہٕ منٛز چھُ شاعر
أ کِس علیل بیمارٕ سٕنٛز تصویر کٲری کٔرتھ موجوٗدٕ صورتحالچہِ لاعلاجی پٔتھ واویلا کران ۔
اَتھ متلق وَوٚن کینٛہہ وِزِ چمنن چھےٚ اَتھ منٛز پننہٕ دادِچ کتھ کرٕہ یوس نہٕ صحی باسان

# سرٛوٗرُک شاعر

جواہر لال سرٛوٗر

جواہر لال سرٛوٗر چھُ موجوٗدٕ دورکین شاعرن منٛز دوٛیمہِ پُیہِ ہُنٛد شاعر یانے یہِ چھُ تمو شاعرو منٛز یم ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِ یلغارٕ نشہِ مُچھہِ رٛوٗدی۔ یہِ رٛوٗداولہٕ پتھے پننِس خاص مزازس شاعری ہنٛدس رنٛگس منٛز پیش کران۔ سرٛوٗرٕنی شعر سوٚمبرن چھےٚ ازبروٗنٛہہ کینٛہہ وٗری شایع سپٕز ہٕو یَتھ منٛز اوہُنٛد نوٚ وکھوٕ پرٛ ون کلامہٕ شامل چھُ۔ یہِ شعرٕ سومبرن چھےٚ غزل، نظمہٕ تہٕ رُباعین کھوٕ حب الوطنی ہنٛدٮ۪ن باتن پیٹھ مشتمل۔

أہنٛزِ شعرٕ سومبرنہِ ہُنٛد ناو چھُ ''وجد'' تہٕ یہِ ناو چھُ اوہُنٛد کلامہٕ وُچھِتھ پرٛتھ لحاظہٕ مناسب باسان۔ یوٚ دوے وُچھو روحانی اصطلاحی ملنہِ اوٚکطرف ترٛاوِتھ چھ وجدُک لوٗغاتی ملنہِ غمگین سپدُن یا عاشق سپدُن ''وجدٕ چ'' ورق گردانی کران کران گژھہِ پزٕی پرٛن وألس اکھ افسردِ دِل شاعر (عشقہٕ کٕنی یا زندگی تہٕ عصری حالاتو ہنٛدٕ تلخ تجربو موٗجب) نظرِ۔

برۄنٛہ سان بہارٕ پوٗرٕ ہے یِیٚہ شخصیتھ شأعرانٕہ تہٕ صلاحیتھ شأعرانٕہ تٔسنٛز ہے دِیہِ

گُن یتہِ چھُ پزر زِ تٔسنٛد سورُے کلامہٕ چھنہٕ وُنہِ چھپیومُت تہٕ ممکن چُھ زِ تٔہنٛدس

لچھأڈِ کلامس منٛز آسن کینٛہہ موٗللی چیز یم مارکس منٛز ینہٕ پتے تَسنٛزِ شأعرانٕہ شخصیتھ

پوٗرٕ پأٹھۍ مولناونہٕ ییہِ۔



صنفہِ مٹہِ مرنہٕ آمتۍ چھِ ۔ یِتہِ چھےٚ کتھ زِ أسی کیاز ِ گوھودؤ یمین آویزٕ ۔ أسہِ تکن ناپنٕنی میزان مقرر کرٕ نی ۔'' تہٕ سرؤر چھُ پٔنن جذبہٕ باونہٕ باپتھ بجاطوریم رٕئ تہٕ گنڈ پھٹرٕ آوِتھ رُبأعیہِ صنف منشہٕ مطأبق ورتاوان ۔ رُت شأعر چھنہٕ اۆصوٗلن ہٕنٛز ِشتھ پأروی کران بٔلکہِ ہیٚتی اوصوٗل منہٕ مطأبق بناونہٕ باپتھ تمن منٛز باضے ہیر پھیر تہِ کران تہٕ سرؤر چھُ أتھ معاملس منٛز أکھ مثال۔

سرؤرنہِ شأعری ہُنٛد غألب موضوٗع چھُ لول ۔ أتھ ستۍ چھےٚ زمانچہِ تتہِ ترٕنج باوتھ کأری تہِ تِمی مختلف جایَن گرٕمژ۔ سرؤرنہِ شأعری متلق توٗراتھ باوان چھُ گلشن مجید ونان زِ ''شأعری چھےٚ سووٕنٛدٕ باوَتھ ۔ یتھ منٛز اظہارٕچ نزاکتھ تہِ شأمل چھےٚ ۔ اتھ اظہأری نزاکژ منٛز چھےٚ تتھ اِنتخأبی شوٗعورس خاص اہمیَتھ یُس شأعرٕ پٔننۍ جذباتھ، محسوساتھ پٔننۍ تجربہٕ پٔرٛزناونہٕ تہٕ ہُرناونہٕ باپتھ عملہِ منٛز انان چھُ ۔ یوہے اِنتخأبی شوٗعور چھُ جواہر لال سرؤرس پٔنن مزاج تہٕ پٔنن خاص آسُن بخشان'' ۔

سرؤرنس وُچھس منٛز چھُ أکھ دُبدبہٕ کرُون دِل ۔ سُہ یِیأری نیران چھُ احساسات چھِ تس ہم پایہِ تہٕ ہم آہنگ باسان ۔ تٕہنٛدس کلامس منٛز گوٗھہِ تہِ سوٗرُ ے نظرِ یُس أکِس فطری شأعرٕ سنٛدس کلامس منٛز آسُن گوٗھہِ ۔ باسان چھُ زِ تِمی چھےٚ دزٕونہِ آفتابچہِ تاپہٕ تھزٕ سہِ منٛز تن تہِ تأوٕموٗ تہٕ سرِوٕ شہجارس تل ڈاپھ تہِ دِتۍ مٕتۍ ۔ تٕہنٛدس ووٕنٛدس منٛز چھُ دردِ موٗحبتھ تہٕ

سرُورچھُ کأشرِ زبأنی ہنٛد بوٚتھمو کینٛژ وشأعرو منٛز یِمو رُبأعیہِ بطورِ پٛژن باؤژ وٚسیلہِ کامیأبی سان ورتاوِ۔ أمِنٛزن رُبأعین متلق کتھ کران چھُ ساقؔی لیکھان۔ "سرُورچھُ رُباعی لیکھان تہٕ جان رُباعیہِ لیکھان۔ یِہ چھُ تِمن وارِیہن ہنٛدِ کھوتہٕ جان رُبأعیہِ لیکھان یِمو رُبأعیہِ محض ہوٚکھ فلسفہٕ چھےٚ بناوِمو۔" رُبأعین منٛز چھُ پزی سرُور سرُورُک متلاشی۔ سُہ چھُ اکثر زندگی ہنٛد بن پُرکیف لمحن تہٕ لحضن ہُنٛد زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ حض پرٛاونس درپے۔ پنٕنین رُباعیٚین منٛز چھُ سُہ گہے حُسنٕہ کِس گجہ گاہس منٛز راوُن یژھان تہٕ گہے غالبہٕ ہنٛدی پأٹھی "اک گونہ بے خودی کا دن رات چاہیے" باپتھ ہردم کرٛیشان۔ وۄں گوٚتس نش چھِ اَمہِ بےخودی ہنٛدی بدونہٕ وٚسیلہٕ۔ سرُورس یِوٚ دوے (یِم رُبأعی نظرِ تل تھأوِتھ) شرابُک تہٕ شبابُک شأعرونو غلط گوٚھہِ نہٕ۔

أمِنٛزن رُباعیٚین ہنٛدس فارمس متلق چھُ ڈاکٹر اومکار ناتھ کول سُنٛد یِہ بیان درُست باسان زِ "أمی سٕنٛز رُبأعیہِ چھےٚ تتھ کأشرِس میوٚتولَس پیٹھ کھرٕ وُتران یُس کأشرس پننہِ تہٕ پرٛنہِ شعرِ ذأژ وٚژنُک دیُت چھُ" یِہ چھُ صحی زِ سرُورنین رُبأعین منٛز گوٚھہٕ نہٕ اَسہِ اَمہِ شعرِ ذأژ ہنٛزن رِوأیتی حدن ہنٛز شٕتھہٕ پابندی نظرِ تہٕ أمی چھُ پننہِ حسابہٕ اَتھ صنفِ سوٚخنس منٛز یِمو پابندیو نِش انحراف کوٚرمُت۔ وۄں گو بقولہِ ساقؔی زِ آدن کأنٛٹ فارسی شأعری منٛز چھِنہٕ تِمن رٹنہِ تہٕ گنٛڈن ہُنٛد نیب تہٕ نظرِ گوٚھان یِم رُبأعی شعرِ

پٹنہِ لفظہِ ژارِ ستی و وتلو ومُت چھُ"۔ مختلف شاعرن ہِندِ بن ییتھین شعرن منز چھُ کینہہ چیز مشترکہ یتہِ آسان منز تصورِ حُسن عشق۔ سرٚ ژنین غزلن منز تہِ چھُ اسہِ امیک تصور ربو آیتی کاشرِ شاعری ہِندِس تصورس ستی رلہِ ڈون باسان۔ منز یم کینہہ شارنی تو۔

(i) چھُم اوش وسان دِ درلیہِ سو ما آیہِ کنن گوم
دوٚرن چھے ماران گرٚلیہِ سو ما آیہِ کنن گوم

(ii) سٔدرس چھے لگان گرٚاے چھُ زن توتہِ پھرٚ کان پھوٚر
خلو کھ مے یہتھ بروٚنٹھ کُنہِ ییلہِ آسہِ سو مسول

(iii) تمہِ سوٚ ژلہِ خبرٔ کتی گری دیولنہِ وٚنیکتام
گیہِ بأزی ہأرتھ مأری مُندی جانانہِ وٚنیکتام

شأعری منز چھے ربو ایٚو ہِندِس تقلیدس اکھ خاص اہمیتھ۔ یوٚ دوے یہِ رنگ کُنہِ تہِ زبأنی ہِندِس کُلہم شعرمزازس کاتھہ تہِ بدٚنہِ، وکھریا ژوٚہنہِ بٔر ژرکران چھُنہِ امایوٚ زمبقداُرک اِضافہِ چھُ ضرٚورکران۔

گویٹے ہِندِ خیالہ موٚجُب چھُ مصورتمی آیچہ نسوأنی تصویر بناونس منز کامیاب سپدان یٔس ستی تمی اکہ لٔٹہِ صحی تہِ پوٚ زلول ورتو ومُت آسہِ۔ دَ ے چُھ زانان زِ سرٚ ژٔرِ نی زول مال تہِ ماچھے ییتھی کُنہِ نسوأنی حُسنچ عکأسی۔ تِکیا زِ تِہِنز زول مالہِ ہنز لفظہِ تصویر چھے تِہندِس کلامس منز ییمہِ آیہِ پھرِ

ماحولچہِ نزاکَوہُنٛد حِس تہٕ بیدار۔

"وجد" سۆمبرنہِ ہِنٛز بیشتر شاعری (خاصکر رُباعی یہٕ تہٕ غزل) چھےٚ جدیدِ حسیت والہِ شاعری رۄجحانہٕ نِش ہناوکھ ۔یتھ منٛز ربوائیٖہ ہُنٛد شِشٹھہٕ تہٕ پُرخۄلوٗص تقلید نظرِ گوٗھان چھُ۔ یہِ تقلید چھُ کُنہِ کُنہِ کامیاب تہٕ سپدمُت۔ واریاہ شاعر چھِ ربوائیٖہ ہُنٛد کامیاب تقلید کرنہٕ ستی پننس دورس منٛز وبدی روزان۔ سرٛۄپرٕنی خاص کتھ چھےٚ یُہے زِ ربوائیٖہ ہُنٛد برپوٗرا احترام چھُ تَسُنٛد ٹوٹھ اُصول۔ یِتھہ پابند پاروی ستی چھِ کینٛہہ فائدٕ تہٕ۔ مثلن یہِ زِ زبانی تہٕ لفظن ہِنٛز ژٕٹھ کپٹھ کرِتھ شاعری منٛز اڈ کجرو تہٕ تلاوتکہِ تمہِ الزامہٕ نشہِ چُھ یتھ شاعر بری روزان یُس یژٕ پاٹھی انفرادی لہجہٕ پانناوان وٲلِس پرٛتھ شاعرس پیٹھ عاید سپدتھ ہیکہِ۔ یِتھس شاعرسُنٛد لب و لہجہٕ چھُ اکثر قوٗبوٗلہِ عام شعرایڈ یمس پیٹھے ڈرِتھ آسان۔ اَتھ شاعری منٛز ہیکوٕ نہٕ اَسی یِتھہن مقررٕ اۄصوٗلن تہٕ اۄسلوبن ہُنٛد انحراف یا تخلیقی توسیعٕک توقع کرِتھ۔ یِتھہ شاعری منٛز کانٛہہ تہٕ نُمایان فکری سفر، تبدیلی یا رۄجحان ژھانڈن تہٕ چھُ فضوٗل۔ شاید چھُ اوے گلشن مجید و نان زِ "امہِ شاعری ہُنٛد لطف تہٕ آنند تُلنہِ باپتھ چھُنہٕ کُنہِ خاص تیاری ہِنٛز، کُنہِ خاص ڈکشنری ہِنٛز یا کُنہِ خاص فلسفچ زان آسنٕ ضروٗری۔ سرٛۄپرٕنی جذبہٕ چھِ اسہِ وبدی۔ اَمی ہِنٛدن جمالیاتی تجربن ہِنٛز کشش تہٕ یہُنٛد ؤہراو چھُ تتھ منظرنگاری منٛز یُس اَمی

عصری حالاتن تہٕ پانس أندی پکھی چہٕ زندگی ہنٛد بن ڈُلہٕ گنین نشہٕ أچھ ؤتھ۔
یہٕ چھُ سرؤرس متلق تہٕ صحی۔ تِہنزن کیٚنٛژون سأدر وار نظمن منٛز چھےٚ اَسہٕ
موضوٗعی سوٗتھرس پیٹھ ہنا مختلف فِکرِ نظرِ گوھان۔ یمن نظمن منٛز چھےٚ زیادٕ
پہن تِم نظمہٕ شأمِل یمن منٛز تِمن حالاتن ہنٛز عکأسی چھےٚ یِم شأعرس موجوٗدٕ
وقتس منٛز باگہٕ آمٕتی چھِ۔ یِم نظمہٕ چھےٚ شأعر ہنٛدِ کرٛیشہٕ وٕنہٕ تہٕ غمناکھ
صوٗرتہٕ حالچہٕ آینہٕ بردار۔ اکثر نظمن ہنٛد شعر تجربہٕ محرکاتھ چھِ تتھ توأریخی
المیس سٟتی وابستہٕ یُس گُنوہتھ ہتس منٛز کأشرٕ بن لوٗکن باگہٕ آو۔ یمکہٕ نتیجہٕ
کأشرس پنُن گرٕ، وطن تہٕ سوٗرُے کینٛہہ روو۔ اَوے چھُ یِوٚھن اکثر نظمن منٛز
پتھ کالُک یادٕ وۄتھرِ غالب تہٕ شأعر چھُ پھِری پھِری اَتھ ووج ووج دِوان۔
شأعر چھُ از کالچہٕ تہٕ خلنہٕ بدوشی ہنٛزِ زندگی منٛز یادن ہنٛدِس اُتھی البمس پتہٕ
بروٚنہہ کرِتھ موجوٗدٕ حالاتوٗ ٔسی وِوتلاونہٕ آمٕت کرب شیٚہلاونچ غأرشوٗعوٗری کوٗشش
کران۔ ”پوشہٕ نوٗلووٗن ژٕ ون“ ”پوشہٕ نوٗلن وۄن“ تہٕ ”ارمان“ بیترِ نظمہٕ چھےٚ
اَمچہٕ رٕ ژٕ مثالہٕ یمن منٛز شاعرن پننہٕ یادٕ وۄترِ بک بوس لوٗز رووُمت چھُ مۄکلن۔

میانہٕ آنگنہٕ دزٕ اکھ ماہا پوشہٕ نولوون ژٕ ون
زوٗنہٕ ڈبہٕ پیٹھی کٔنہ نژان ماتہٕ دٕ چھ تھکھ گٔتی جہٕ کینٛہ
آنگنس منٛز ٹنگہٕ گُلس ماوس پھوٗلمُت پوٚش کانٛہہ
برنہٕ اژوٗن چھاسو دچھرأنتھ بۄزُمو

پھری یوان زِ غالب سُند یہ شعر چھُ بےٚ شونکی پاٹھی ژبَس پیوان۔

کھلتا کسی پر کیوں میرے دِل کا معاملہ
شعروں کے انتخاب نے رسوا کیا مجھے

أمس زوٗل مالہِ ہنٛدِ حسنکی تہٕ نازِ نخرن ہنٛدی تاریف کرنس چھُ سرٛو رس ہٹہٕ مٹہٕ سرٛو رسِ یوان مثلن۔

وٕنِج یار شہرٕ زسو غدر مال چھس نا
گوٗان ہُری یہ تھزِ رس رٹان بال چھس نا
مُتس زوٗنہٕ گاشس ژھٹان یاوٕنک نار
بہٕ چھس پھزِ اسہٕ نا گٕج زوٗل مال چھس نا

بہر حال سرٛوٗرن انداز بیان چھُ سیُود تہٕ ساد۔ سُہ چھُ کُنہِ تہٕ ورٛو ٹھنہِ ورأے پننین تخلیقن منزٕ ٹاکارٕ تہٕ تابانہٕ۔ رٕہ ایٖوٕ ہنٛدِس احترامس ستیٖ چھ سُہ کُنہِ کُنہِ پننس لاشعورس تہٕ تحت شعورس منزٕ اَنس کامیاب سپدان۔ تِھین موقن پیٹھ چھُ باسان زِ تسُند چھوکہ دأ وی وجوٗد چُھ لفظن ہنٛدس قالبس منزٕ پیوست سپدمُت۔ مثلن یم کینٛہہ شار چھُ۔

| | |
|---|---|
| دوہ ڈول کوہ پیٹھی آیہِ یہ راتھ | زانہِ خدا کمہِ ترٛایہِ یہ راتھ |
| پننہٕ ییٚنہِ صحبس ییٚنہِ لگہِ ہان | مے أنی چانے رلیہِ یہ راتھ |

شاعر چھُ سماجُک حساس ترین فرد تہٕ زیادٕ کالس ہیکہِ نہٕ سُہ پننین

کیفیتھ وہ تلاوان یوس لفظن اندر شاید پھرنہ ییہ نہ ۔ "امابو زییہ سوزٕ ے
چھُ اَتھ شأعری منز تمہِ جذبأتی لہرِ کنہ ممکن یتھ منز شأعرٕنٛس شعر تجربس
غوطہٕ دِوان چھُ ۔ وٕوٗن گواکثر چُھ یتھس تخلیقی تجربس منز توٗژأتی ٹاسریر
روزنک اندیشہٕ آسان ۔

بہرحال جواہر لال سرٛوٗرنہٕ شأعری چھےٚ کأشرِس شعرِ ادبس اکھ رُت
ہربرتہٕ یُس کلامہٕ کأنٛسہِ تہِ قأری یَس پُہرس برٛنٛژس سوٗکون تہٕ انبساطٕکس
عالمس منز واتنأوِتھ تس زندگی منز موہوٗسی ہنٛز زانٛد کاسہِ تتھ منز اَسی تن فکری سنبر
یامتہٕ اَسی تن فنک وٕشنیر چھس ضروٗر آسان تہٕ سرٛوٗرٕنی شأعری چھےٚ امہِ حسابہٕ
جان فنکأری ہنٛز آیینہٕ بردار ———— ۔

جانور چھا ازٕ ٹُلان چٕرِ گٕمٕش تتھٕن
کلہٕ چٕن چھا ہارِ سارے بٕرٕ آری کأنی پیٹھ سمان

"پوشہِ نۆلو ون ژٕ ون" تہٕ "پوشہِ نولن ووٚن" چھےٚ مُلہٕ تلہٕ اکی ہمسوچ باوتھ۔ یۆ دوے دۆیمہِ أکِس گوڈنچہِ ہُنٛد وہراونُک غلط گژھِنہٕ۔ دۆشوٕنی نظمن ہُنٛد واٹھ چھُ یٚیمہِ حسابہٕ تہِ اہم زِ یۆ دوے گوڈٕنچ اَکھ پٔژن ووٚندِ ژھاژٕ ہناوٕنچ کوٗشش چھےٚ دۆیم اَکھ چھےٚ اَتھ برعکس پننس ووٚندس پأنی پانے تسلا دِنٕچ کوٗشش۔ شاعر چھُ پوشہِ نۆلس بُتھہِ رٔٹتھ أکِس نظمہِ منٛز شیٚچھ پرٛژھان تہٕ بیٚیس نظمہِ منٛز شیٚچھہِ ہُنٛد جواب یاوُنو یہِ زِ شاعر چھُ أکِس نظمہِ منٛز سوال کران تہٕ بیٚیس منٛز جواب۔ تہٕ یِم سوال کہو جواب چھِ شاعرٕ سٕندِس ووٚندس منٛز پننہِ وطنہٕ نشہٕ دۆری مۆجب ووٚتلیمتی۔

سرٛوٕرنین نظمن منٛز بیاکھ ژرٛاے چھےٚ یہِ، زِ یِمن منٛز چھےٚ تجربأتی وانگچہِ برعکس لفظوٕ سٕی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شِدتھ ووتلاوٕنچ جستجو۔ یِژھِ شاعری منٛز جذبأتیتھ پادٕ کرٕنچ چھےٚ اکثر شاعرن منٛز یہِ اہم ترکیب آسان۔ یِژھ شاعری ہٮ۪کہِ پرٕنہٕ وِزِ قأری یَس برٛ ژرِس کھنڈٕس پننس گتس ستی وألِتھ۔ شاید چھُ اوے کنٕی ڈاکٹر اومکار کول اتھ شاعری پیٹھ تبصرٕ کران وَنان زِ أمی سُند غزل چھُ پرن وألِس گرِ کھنٛجہِ تمہِ انتشارٕ نشہِ آزاد کران یُس أندی پٔکھی سمأجی تہٕ باقے دباوٕ کنٕی پأدٕ سپدان چھُ تہٕ أمی سٕنٛز نظم تہِ چھےٚ اَکھ سو

نوقطہ نظر فوک لور کہِ مطالعہِ خأطرِ اکھ "مکتب فکر" یتھ "اساطیری مکتب فکر" ناپیوو۔ میکس میؤلرن ڈِژ اَتھ نۆ شکل تہٕ ترقی۔

گرٚم ہٕندی مطالعہٕ ستی سپدی واریاہ فوک لور عالم متأثر تہٕ یِہندٕ اکھ بوٚڈ تید ادٕ پھیوٚر ایشاتہٕ یورپکس فوک لورکس مطالس کٔن۔ مگر دراصل اوس جرمنی ہُند میکس میٔولر تیمی گرمہٕ سٕندس مطالس اکہِ مکتب فکرٕچ شکل دِژ۔ سُہ اوس سنسکرتُک عالم تہٕ ادبُک طالبِ علم۔ پننس مطالہٕکس بُنیادس پیٹھ کٔر تٔمی اساطیرن ہنٛز وبژ ھنے۔ امہِ خأطرِ ورتوٗ تٔمی جیکوٚب سُند "تقوبلی طریقہ" بقولِ میکس میؤلر چھِ اوٚ سطور زبأنی ہنٛز اکہِ خاص خصوٗصیوٗ ستی بنان۔ امہِ نش چھُ تٔمی سُند مطلب زبأنی ہندِ بن لفظن منٛز ارتقأیی عملہِ دوران مانوی تبدیلی ہنٛز سوٚ عمل یوسہٕ یِمن منٛز اکہِ دورِ پیٹھہٕ بیٚیس دورس تام واتان واتان سپدان چھےٚ۔ اِنسأنی خیال تہٕ زبأنن ہٕندی چھُ میکس میٔولر ژور شیٚنج گنزراوان۔ موضوٗعی (Thematic) یِیمہِ ساتہٕ زبانن ہٕندی مؤل تہٕ بُنیأدی گرامری اوٚ صوٗل بارسس آیہ۔ دوٚیم بولیأتی (Dia lictic) یِیمہِ ساتہٕ مختلف زبان خاندان نموٗ دار سپدی۔ تریٚیم دور چھُ اساطیری دور یانے یتھ دورس منٛز اوٚسطور بٔنی ہتھی۔ ژوٗرم دور چھُ مقبوٗل عام Popular دور۔ییلہِ مختلف قومی زبانہٕ وجوٗ دس آیہ۔ میکس میٔولر چھ ونان زِ لفظہٕ کہِ اکہِ دورِ پیٹھہٕ بیٚیس دورس تام پننس ارتقأیی سفرس دوران چھُ اَتھ پٔنن اصل مانہٕ راوان

# لُکہٕ ادبکۍ کینٛہہ نظریہٕ

لُکہٕ ادب بحثیت علمی شوبہٕ سپُد ۱۹ امہِ صٔدی منٛز ے شوٗ رُوٗ ع۔
یہٕ دوے زبٲنۍ روایژن تہٕ لکہٕ ڈۍ تمن ہُنٛد مطالہ اَمہِ بروٗنٛہہ بارسس
آمُت اوس اماپوٗ زوٗنۍ کینٛہ Folklore اصطلاح چھے انگریزی زبٲنۍ ہٕنٛز
اصطلاح یوسہٕ ولیم جان تھامسن 1846ءیس منٛز گوڈٕ نبتھ ورتاو۔فورک
لوٗرک مطالہٕ کوٚ رگرزم بایوشوٗ رُوٗ ع۔یم اُسی دراصل جرمنی زبٲنۍ ہُنٛد مطالعہٕ
کرُن یژھان تہٕ امہِ ستۍ گو تمن فوک لورس کُن تہٕ ظون۔پنٛنِس لِسانی
مطالس منٛز ورتو وجیکوب گرمن جرمنۍ زبٲنۍ تہٕ امہِ چھن بولین ہٕنٛدس تواریخی
مطالس دوران ''تقوبلی طریقہٕ''۔جرمنۍ بیانیہ ہن تہٕ لکہٕ شاعری متلق تہٕ
کوٚرتمی یوہے طریقہٕ استعمال پننہِ ''جرمنۍ اساطیر'' ناوچہ تصنفہٕ منٛز ہیوٚتمی
جرمنۍ لُکہٕ شاعری ،لُکہٕ کتھن بیترِ مفصل سام۔امہِ ستۍ لوٚگ بیٚیہٕ کینٛہون
عالمن یورپی فوک لورکس مطالس کُن وُتش تہٕ وارِ وارِ بنیو وجیکوب گرم سُنٛد

گٔن اشارٕ۔ بقولہِ ییٚنفے چھُ نہٕ یہِ ہشر گٔنہِ نسلی رشتہٕ مۆجُب بلٕکہِ چھُ یہِ تہذیبی تہٕ توأریخی میل جولُک نتیجہٕ۔ بقولہِ ییٚنفے چھ کینٛہہ ویدٕ رپی تخلیقکار وپٕنن مواد ہندوستأنی اگرو پیٹھہٕ اوٚنمُت۔ تِمو گٔر پٔنس مکالس دوران تِمن وتن ہشر نشاندہی یپأری یِم ڈٕلیلہٕ بحیرِ روم کس علاقس تہٕ پتہٕ دور پیین تام وأژمٕژ آسہٕ ہن تہٕ لتہٕ پٮ۪ٹھ یپأری یورپ تام وأژ۔ یِمو دوے اتھ نظریس خاص قبوٗل عام میوٗل نہٕ امانٕ زتوتہِ رؤ دُگنٕو ہمہِ صٔدی ہِندس آخرس تہٕ وُہمہِ صٔدی ہندس ابتداہس دوران اَمہِ نظریُک اثر۔ واریاہ محقق لٔگی سنجیدگی سان تحقیق کرنہِ زِیمہٕ ڈٕلیلہٕ کتھہِ پأٹھی تہٕ کیٛأری چھےٚ اکہِ جایہِ پٮ۪ٹھہٕ بیٚیس جایہ تام وأژمٕژ۔ امہِ کہ نتیجہٕ آولُگہٕ ادبہٕ کس مطالس منٛز اکھ نو مکتب فکرِ بارس۔ یتھ توأریخی یا جغرافیٲئی نتہٕ زیادم عام پأٹھی فنش مکتب فکرناو پیوو۔ ییٚنفے سندی نظرین دیٚت فن لینڈکین عألمن مزید تحقیق کرنُک وُتش۔ کاول کردن چھُ یِمن محققن منٛز اہم ڈنمارٕکی اوکنز بل اولرِک تہٕ سی ڈبلیو سیڈٚو تہِ رؤ دی لگہٕ ادبُک اَمہِ انمانہٕ مطالہٕ کران۔ یِہنٛد نمایاں مطالہٕ اوس لُگہٕ کتھن ہُنٛد آگرژھأنڈِتھ یُہنٛد باقے جاین واتنہٕ کین حدن تہٕ وتن ہشر نشاندہی کرٕنی۔

یِیمہِ ساعتہٕ یورپس منٛز مختلف قومن ہِنٛدس فوک لورس میکس میوٗلر ہِنٛد نوقطہٕ نظر یا ییٚنفے ہِنٛدِ مایگر شنل نوقطہٕ نظرٕکنٛز مطالہٕ سپدان اوس تہٕ لُگہٕ کتھن ہِنٛدس ہشرس پتہٕ گٔنہٕ کارفرما وجہ ژھانڈنہٕ یوان آسی کینٛہہ وعألمو چھ مختلف لوکن

تہٕ ئوبن مانین ہندی تھہ کھسان ۔ امہِ ستی چھُ زیادے گچھر لدتہٕ بےہُد وضاحتہٕ
پأژ سپدان ییٚمہِ موجب اوٗسطوٗر بارسس آیہِ ۔ اوٗسطورن ہنٛدِس بنٛنس چھُ
میکس مینولرن تہٕ پأٹھی وضاحتھ کران ۔

فرض کرو زِ اوٗسطوٗر بنہٕ کس تتھ دورس منٛز ووٗن کٔمی تام ''چمکہ وُن
چھُ دزٕونس پتہٕ پتہٕ'' شاید آسہِ ہے تس یہِ خیال باوُن زِ سحرٕ پتہٕ چھُ آفتاب
کھسان ۔ اَسی کرو مزید یتہِ فرض زِ سُہ لفظ ییٚمیُک مانہِ ''چمکہٕ وُن'' آسہِ ہے
سُہ آسہِ ہے یوٗنأنی لفظہٕ ''ہیلس'' ہیوٗ ۔ تہٕ سُہ لفظ ییٚمیُک مانہِ دزوُن ہیوٗ آسہِ
ہے سُہ آسہِ ہے سنسکرت لفظ'' آہنا'' یا'' داہنا'' ہیوٗ ۔ اَسی کرو فرض ''ہیلس''
لفظس گو'' اپولو'' لفظس ستی ہیرٕ پھیر ۔ تہٕ سُہ لفظ یتھ'' آہنا'' یا داہنا'' ہیوٗ
مطلب اوس تتھ بنیو وکتھہ تام پأٹھی ''ڈاپھن'' ۔ وق گذارنس ستی ستی آیہِ ہیلن
لفظن ستی نرٕ خوٗ صوٗ صیوٗ تہٕ ڈاپھن لفظس ستی مادٕ خوٗ صوٗ صیوٗ تہٕ پتہٕ آیہِ یمن باہم
عشقچ ڈیلیل تہِ وکھناونہٕ ۔ ڈاپھن چھُ تنگ یتھہ کُلس منٛز ژھیبھ دِوان ۔ ڈاپھن
چھِ تتھ کُلس تہٕ اوےناو پیومُت تِکیا زِ تتھ چھُ جَل جَل نارہوان ۔

کنوہمہِ صُدی ہنٛدس دوٚیمس نصفس دوران ییٚلہِ یورپس منٛز میکس میوٗلر
سُند نظریہِ زورن پیٹھ اوس تمہِ دوہن اوس تھیودر بن فے پنچ تنترُک جرمنی
زبأنی منٛز ترجمہ کران ۔ جرمنی ہُند یہ، عالم اوس انڈولاجی منٛز دلچسپی تھاوان ۔
پننس ترجمکس دیباچن منٛز دیُت تٔمی ہندوستأنی تہٕ یوٗرپی لُکہٕ ڈیلین ہنٛز یکسأنیو

پٹھ اثر۔ فرائیڈن ہیوٚ پانہٕ تہٕ اوٚسطوٗ رن لُکہٕ ڈلیلن تہٕ خاص کرلُکہٕ ڈلیلن منز بیان کرنہٕ آمتین خابن پٹھ پننہٕ نظریہٕ وۄشناونہٕ خاطرٕ کاٚم۔ پننہٕ تصنیفہ "Interpratation of Dreams" منز دیُت فرائیڈن خابن تہٕ دیمون جنسی خاہشن تہٕ قوتن ہنٛدٕ علامتی اِظہارُک تاپر۔ فرائیڈ سنٛد اوصولہ مطابق چھُ خاب فردٕ سُنٛد اوٚسطوٗر۔ امہٕ اوٚصولہ مطابق آواوٚسطوٗرن تہٕ خابن اکی نفسیاتی عملہٕ ہنٛد نتیجہٕ مانہٕ۔ یمن عالمن ہنٛد مُطابق یِم دوے خاب اُکس فردٕ سنٛد بن شُری لازی خاہشن ہنٛد ذریہٕ اظہار چھِ اوٚسطور چھِ تیٚلہ اکہٕ پوٚرہٕ قومکی نفسیاتی دباو باوان۔ فرائیڈس علاوٕ آسی اَرنبسٹ جونس، ارچ فروم تہٕ گوزا بیترٕ دوٚیم کیٚشہہ عالم یِمو لُکہٕ رِوایژن تہٕ لُکہٕ کتھن ہنٛد مطالہٕ تحلیل نفسی کس طریقس پیٹھ کوٚر۔ یُنگ سنٛدی اجتماعی لاشوعوٗرن تہٕ ترووا اَتھ مکتب فکرس پیٹھ اثر۔ نفسیاتی مطالہٕ کس اَتھ نظریس آو یتھ بنیاز پیٹھ تنقید کرنہٕ زِ یہٕ نظریہٕ چھُ جدید انسانہٕ سنٛد نوقطہ نظرٕ قدیم انسانن ہنٛدس نفسیاتی نظامس تجزیہ کران۔ یٚیلہٕ زن یہٕ ممکن چھُ زِ جدید انسانہٕ سنٛد بو قدیم جداجدا دویمو یِم لُکہٕ کتھہٕ ونہٕ تِمن ما آسہٕ ہے اَتھ پتہٕ کنہٕ بیٚیہ کانٛہہ نفسیاتی وجہ یُس نہٕ اَز یُک انسان زانِتھ ہیکان چھُ۔

1960ء دوران آو لُکہٕ ادبہٕ کس مُطالس منز اَکھ نوٚو نظریہٕ بارس یتھ "سٹرکچرلزم" ونان چھِ۔ وُنی کینٛہ چھُ یہٕ نظریہٕ سارِوے کھوتہٕ مقبوٗل

تہٕ قومن ہنز ''زبأنی باؤژ'' منز اکھ نمایاں ہشر تہٕ اَتھ اَس نہٕ کانٛہہ تسلی بخش وضاحتھ سپدان۔ یمن یکسانٛیون اَس ووٚنی کانٛہہ وضاحتھ ژھانڈنی۔ اَتھی دوران دیُت آندرِ ولینگ (سکاٹ لینڈ) تہٕ ٹایلرن اَمہِ ہشرک وجہ بشریٲتی اِرتقائس ستی وبٕڑھناوِتھ۔ یتھ پأٹھی آو فوک لور کس مطالس منز ''بشریٲتی مکتب فکرِ'' بارسس۔

رنگارنگ تہذیبو منز یکہِ وٹہٕ کرٕ متہِ مواد چہِ بُنی یأ ز پیٹھ ووت ٹایلر یتھ نتیجس پیٹھ زِ الہِ پلہٕ چھُ ساری نے قومن تہٕ تہذیبن طرزِ زِندگی، رسم رواج مذہبی تہٕ شاعرانہٕ تصوراتن منز کُنہِ حدس تام ہشر تہٕ امیک وجہ چھُ بذاتِ خود انسأنی خصلتھ، سوچ تہٕ ذہن۔ ٹیلر سُندی نظریاتھ سپدی فریزر سنز ''گولڈن بوہ'' ستی بیٚیہ تہٕ سرکھر۔ اَتھ نظریس ستی وابستہٕ عالمن ہُندوٚنُن چھُ زِ انسان چھُ یتھ بتراٲژ پیٹھ قدیم دورٕ پیٹھ از تام پٕرتھ کُنہِ جایہِ الہِ پلہٕ ہوبہو دورو منزی گذریومُت۔ ''وحشی'' ''خانہٕ بدوشی'' قرأری زندگی' یم دورٕ چھا انسانن پٕرتھ کُنہِ جایہِ۔ یا انسان روٗد پٕرتھ دورس منز پٕرتھ جایہِ شادِ ہُند اظہار الہِ پلہٕ اکی آنہٕ کران یتھے پأٹھی غمُک اظہارتہِ۔ یوٚ دوے اَمہِ نظریکس انسأنی حیاتکس کُنرِس ستی زیادٕ لوکو اتفاق کورنہٕ توتہِ روٗد فوک لور تہٕ لُکہٕ ادبہٕ کس مُطالس منز امیُک کأفی اثر۔

فرائڈ سُندی نفسیٲتی علمن ترٕ ولُکہٕ ادبہٕ کس مطالس نظریٲتی سوٚتھرس

# کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ : کیٚنٛہہ خوصوٗصیژ

پرٛتھ تہذیبُک لُکہٕ ادب چھُ تمہٕ تہذیبکہٕ اجتماعی سوٚنٛچک تہٕ ثقافتک رنگہٕ رُت آنہٕ۔ لُکہٕ ادبُک اَکھ باگہٕ بوٚرُت سرمایہٕ چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ تہٕ اَمِچہٕ رنگارنگی نِشہ ہبکہٕ نہٕ کأنسہِ تہٕ انکار اَسِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ لُکہٕ کتھن ہُنٛد اَکھ بوٚڈ حصہٕ تہٕ شأمل۔ یِمہٕ لُکہٕ کتھہٕ سوٚمبراوٕنٛچ تہٕ رٕژھراوٕنٛچہٕ یوٚ دوے وُنس تام مختلف سنٛجیدٕ تہٕ رٕژ کوٗششہٕ کرنہٕ آمژٕ چھےٚ اماپوٚ زِیہنٛز مولا لکون چھےٚ وُنہِ تہٕ واریاہ بوز شوز منگان۔ وٕنٛ ن گو لُکہٕ ڈلیلہٕ سوٚمبراونہٕ یوٚ دوے زیادٕ مشکل کأم چھےٚ نہٕ اماپوٚ زِیہنٛد مطالہٕ کرِتھ یِمن منٛز مخصوٗص خوٚصوصیوٗ ن ہنٛز ژھأر چھےٚ پزی اَکھ پیچیدٕ کأم۔ اَتھ چھُ بوٚ ڈوجہ زِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ تہذیبی لین دین دوران اورِ یورواتان یِمہٕ سبہٕ یِہنٛد شبقہٕ دودتہٕ آب

نظریہ ماننہٕ یوان ۔ امہِ نظرِیچ اصل شۄرۄٗ عاتھ سپز تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ 1928 ٕلیس منز ؤی ﮨے پراپن (Morphology of Folk Tale) ناوٕچ کتاب بازرس ترأو ۔ اماپۄز اَتھ کتابہِ پیو مقبوٗلہِ عام پراوُنہٕ خاطرٕ الہٕ پلہٕ ترٛہ ؤری پزاوان ۔ 1958ٕ لیس منز سپُد اَتھ انگریزی ترجمہ ۔ تیٚمہٕ ستی پزاپہٕ سندی نظریاتھ انگریزی دُنیہس ستی متأرف سپدی ۔ امہِ تصنیفہٕ کُر لُکہٕ ادبہٕ کس مطالس منز نۆو سرگرمی پأدٕ ۔ پراپ چھُ رۄسی لُکہٕ کتھن تجزیہ کرِتھ اَتھ کیٚنٛژن جُزن منز بأگران یِمن جُزن ہُند اَکھ أکس ستی رشتہٕ تہٕ کُلس پیٹھ ڈلیلہٕ منز یِمنز اہمیژ وبہٕ ھنے کرِتھ چھُ پراپ لُکہٕ ڈلیلن ہُندِ نظام وبہٕ ھناوان ۔ لُکہٕ دلیلن منز یِمن اِمدأدی جُزن نش چھُ پرٛاپہٕ سُند مطلب کردارن ہنٛز سو عمل تہٕ وجہہ عمل یتھ منز تم پلاٹہٕ کِس اِرتقہس دوران آۄری آسان چھِ ۔ سُہ چھُ ڈلیلہٕ منز تھبن اکتر ہن (۳۱) جُزن ہنٛزٕ نشاندہی کران ۔ ضرۄٗری چھُ نہٕ زِ یِم سأری جُز آسن أکی ہیے ڈلیلہِ منز بلکہِ ہیکن یِم کُلہم پأٹھی اکی قبیلہٕ چن لُکہٕ ڈلیلن منز تہٕ أستھ ۔ پراپہ سُند نظریہ چھُ ازکل کیٚنٛہن لِسأنی ماہرن نش مقبوٗل عام ۔ لُکہٕ باوتھن تہٕ لُکہٕ ڈلیلن منز زبأنی باوٕ ژھ ہُند معنوی گرٛت چھُ امہِ نوقطہ نظرٕ وشرٛھناونہٕ یوان ۔ اَتھ نظریس پیٹھ چھُ لیوی سٹڑوس سُند اثرتہٕ ۔

☆☆

لُکہٕ کتھن منز کُنی۔ خاپے کاتھہ لُکہٕ کتھ آسہِ ترٛوہ یتھ منز وٕنڈ چ تہٕ وٕنڈ ماحولچ عکاسی آسہِ۔ کیتھوٗن توٲ رٕتی تہٕ یم توٲ رٕتی آ گرچن کتھن منز چھےٚ وٕنڈ چ عکاسی اماپوٚ زیٛوٹھ ڈلیلہٕ چھےٚ کم قلیلے۔ یمن کتھن منز وٕنڈ چ تہٕ وٕنڈ ماحولچ ذِکر یَسلہٕ پٲٹھی نہٕ آسنس ہیکہٕ شاید یہ وجہٕ آسِتھ زِ کشیرِ منز چھُ لُکہٕ کتھہٕ بوزنُک تہٕ بوزناونُک وق عام پٲٹھی زِ تچھہِ تہٕ ترٛنہِ وٕنڈم رٲژ۔ یتھہٕ پٲٹھی چھےٚ وٕنڈس منز وٕنڈ چ کتھ کرٕنی تہِ بےٚ مزٕ۔ اَتھ برعکس یتھس ماحولس منز خوشوٗنین تہٕ خوبصوٗرتھ شہزادن تہٕ سرسبز تہٕ شاداب سبزارن تہٕ ناگرادن تہٕ وُشنین سکہِ صحراون ہنٛز کتھ کرٕنی ما آسہِ ہے غاُرشوٗعوری طور وٕنڈُک شیت کال مُثراونچ کوٗشِش۔ یُس چیز اسہِ نِش آسان چھُ اکثر چھِ تتھ متعلق اَسی کمے سوٗنچان اماپوٚ زیٛیمہِ چیز نِش اَسی محرُوم آسان چھِ سون ژ تتھ چھُ تورٕکن جل گوٗهان۔ مثلن نی توٗ سمندر یُس کشیرِ نشہِ وارِیاه دوٗر چھُ۔ کشیرِ منز چھےٚ ترٛوہِ وارِیاه لُکہٕ کتھہٕ مُروجہٕ تہٕ مقبوٗل یِہنٛدِس فِضہس منز سمندر گرٛلِہ ماران چھُ۔ یہِ چھُ صحی زِ اکثر یٛوہِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ بیٚیو علاقو پیٹھ آمٕژ۔ اماپوٚ زیٛمو ڈلیلو تہٕ داستانو یٛیمہِ اَنمانہ یٚیتہِ قبولہِ عام پرٛوومُت چھُ۔ تمہِ تلہٕ چھنہٕ یہ باس لگان زِ یمن ہُنٛد یہ فضاتہٕ سمندر کیا چُھ کاشرٕ ہن ہِندِ باپتھ کاتھہ وہ پر چیز۔ یتھہٕ پٲٹھی تہِ اگروٗ چھو کشیرِ منز چھےٚ پتھ کالہٕ پیٹھ وتھے آمدرفتک اَکھ اہم وٗسیلہٕ رُوٗزمٕژ۔ وولرِ کہِ واوٗک وہ لسنس یُن تہٕ

ژاڑن مُشکل سپدان چھُ۔ مختلف زبانن تہٕ تہذیبن ہنزن لُکہٕ کتھن چھےٚ پانہٕ وأنی اکھ دِلچسپ یکسانیتھ یۄس دوےیم اکھا کس نش کرٕ اہ تہٕ دۄر آسن۔ بلکہِ ہیکو یتہِ وٕنتھ زِ الہ پلہٕ چھِ سارِنے تہذیبن منز کینژھہ ہوی تہٕ مشترکہٕ ڈلیلہٕ طرح تکیا زِ پزتھ تہذیبک اِنسان چھُ الہ پلہٕ ہوۍ ارتقأیی منزلو منزی گذریومُت۔ دۆیم کتھ چھےٚ یہِ زِ پزتھ جایہِ ہنٛدِس اِنسانس چھِ بُنیأدی طور ہوی مسلہٕ تہٕ مسلن ستی ہوی ردِعمل تکیا زِ مُلہٕ تلہٕ چھُ اِنسأنی نفسیاتک انہار کنہٕ۔ اِنسأنی نفسیاتک یہِ ہشر چھُ لُکہٕ ڈلیلن منز تہِ عیاں۔ یتھہٕ پأٹھی چھےٚ کنہٕ تہذیبچن لُکہٕ کتھن ہنز مخصوص تہٕ انفرأدی خۄصۄصیژ بدٕ کڈنہٕ اکھ مُشکل کأم۔ یہِ چھُ کأشرٕن لُکہٕ کتھن متعلق تہِ صحی۔

کٔشیرِ چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ مختلف تہذیبن ہنز ماٹھ روٗزمژ۔ یتہٕ کُس تہذیبی ناگرادس چھُ مختلف جوین ہُنٛد آب ریلیو ومُت۔ سانہِ لُکہٕ کتھہ تہٕ چھےٚ مختلف آگرو پیٹھ آمژ۔ پزر چھُ یہِ زِ سانہِ یم لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ پتھ کالکہِ تہذیبی لین دینک اکھ توأریخ بژوٕنہہ کُن امان۔ تہٕ یمن کتھہِ طرحن (Patterns) ہُنٛد مقبوٗل سپدُن چھُ اکِہ حسابہٕ کأشرِ ذہنہ کہِ سوچن رو۔ حجانک گژاف تہِ گاشراوان۔

کأشرٕن لُکہٕ کتھن متعلق چھےٚ یہِ اکھ دِلچسپ کتھ زِ وٕنڈُک موسم یتیمی پتہٕ وتہٕ پیٹھہِ سانہِ زندگی پیٹھ سۆن تہٕ گۆن اثر ترٛوومُت چھُ چھنہٕ امہِ حسابہٕ

تِمن پڑانِمن مشترکہٕ خاندانن منٛز یُس لول تہٕ توجہ آسہٕ نکس اولادس میلان آسہِ ہے شاید آسہِ ہے نہٕ لوکٹس میلتھ ہیکان۔ گریلو زندگی یس اُزی کہٕ نشہِ مختلف اُس شاید آسہِ ہے نہٕ تتھ منٛز زِٹھن ہنٛز پھٹھوٗلی موجب لوکٹبن نفسیأتی نشو نُما مناسِب پأٹھی سپدِتھ ہیکان۔ اُمی ہِنٛدِ امی ژھرِ رِچ برپأیی چھےٚ شاید سانِبن لُکہٕ کتھن منٛز اُمی ہِنٛدِ خوشحال انجام ڈیکی کرنہٕ آمٕژ۔ بقولہِ ڈنڈس چھُ کمزور تہٕ پس پایہ ہنٛز کامیأبی لُکہٕ کتھن ہُنٛد اہم موضوع (Theme)۔ یِنٛسی ہنٛز یہِ تصویر مدِ نظر تھأوِتھ چھُ سانِبن لُکہٕ کتھن متعلق تہِ یہِ صحی۔ اَکھ کأشُر کہاوَتھ چھےٚ زِ ہوٗن اُسن مگر کوٗنس مہٕ اُسن۔ چنانچہِ حقیقی زندگی منٛز عدم توجہک تہٕ استحصالُک شِکار یہِ کوٗنس اولاد چھُ سانِبن لُکہٕ کتھن منٛز توجہک مرکز بنیوو مُت۔

"طاقتورن پٹھ کمزورن ہنٛز فتح" ورگہٕ چن کتھن منٛز ہکو اُسی تِم کتھہٕ تہِ شأمِل کٔرِتھ یِہنٛد اہم کردار کھوٚر چھُ یا سماجکہِ پس پایہ ورگُک کأنہہ فرٕد چھُ یُس یِمن کتھن منٛز موٗمولی تہٕ ناچیز حالتہٕ پٹھ تھوٚدٕ وٕتھ نہ صرف پادشأہی پرٛاوان چھُ بلکہِ چھُ پادشاہ کورِ ستی نیٚتھر کران۔ بجہِ ماجہِ ہنٛز گنٛی ڈکھہٕ لوٚر اُسی تن یا سماجِکس پتھ پسأری طبقس ستی وابستہٕ۔ یہِ چھُ پننہِ دانأیی تہٕ گاٹٕجارِ ستی کمن کمن عقلاوٕ زیرن تہٕ بیٛقل بادشاہن وُنہٕ والان۔ کأشرٕ ن لُکہٕ کتھن منٛز چھُ کھوٚر کأشرٕ بن ہُنٛد ٹوٚٹھ کردار رودمُت تہٕ یہِ چھُ

ڈلکی گتھ مارنی تہٕ چھہِ کأشرٕ بن وبدی۔ شاید چھنہٕ امہِ موٗجب کأشرٕ بن سوٚ دٕر
ماحول وو پر باسیوٗمُت ۔ یقینن چھُ یہ ژنتس تھاوُن ضروٗری زِ یمہٕ کتھہٕ
آسہٕ تِمن لوٗکن ہنٛد باپتھ بیٚو چیز وعلاوٕ تفریحک ذٔری یہٕ ۔ یمو ے ڈلیلو تہٕ
داستانوٗ ذٔسی آسی پزأنی لوٗکھ خیالنٕے خیالن منٛز ستن سودرن ژٔنڈ کڈِتھ یوان ۔
حقیقی زندگی منٛز آسی تِھمن بیشتر لوٗکن پردیسن پھیرنکی موقہٕ تہٕ تہٕ مجبوٗر یہِ
تہِ کیہہ پہن۔ یتھ پأٹھی اُس تہندس مُہم جوٗیی ہنٛدِس جذبس یمن لگہٕ
کتھن ہنٛدٕ سپلہٕ دُنی یہس پھیری پھیری تشفی میلان ۔

ہرگاہ برینڈ ابریک ہنٛدِ ذٔسی کھرٕ کرنہٕ آمتین لُگہٕ کتھہٕ پھرٕ یمن ہنٛز
بنیٛ یأز پیٹھ وُچھو امہِ گرٕھن کشیرِ منٛز فرنڈ شپ بانڈ پھرٕ یم کین کتھن
ہنٛدی طرح نظرِ ۔ امہِ پھرٕ یمہ چن کتھن منٛز چھےٚ تمہٕ لُگہٕ کتھہٕ تہٕ شأمل
یمن منٛز زیادو یہِ کھوتہٕ زیادٕ بأے یا وورٕ بأے مُہم جوٗیی ہنٛد بو مختلف مرحلو
منٛزی گنٛذ رِتھ أخرس پٔنن منہٕ کونٛچھ منٛزِل پزٕ اوان چھہِ ۔ یِھن بیشتر کتھن منٛز
چھُ اکثر سارو ے کھوتہٕ لوٗکٹ بو ے انٛدس پیٹھ زیادٕ خوشحألی پزٕ اوان ہاونہٕ
آمُت ۔ مگر اُمس چھُ کامیأبی پزاونہٕ باپتھ تہٕ بخت بیدار گوھنہٕ باپتھ گوڈٕ
سبٹھہے کرٕ ٹھِو تہٕ کڈ ربو مشکلاتو تہٕ آزمأیشو منٛزی گنٛذرُن پیوان ۔ یمن
کتھن منٛز اُمس کنٛسِس اولادٕ ہنٛدِس اُتھ مشکل جستہٕ خأزی تہٕ جستجو ہس
پسہِ پرٕدٕ چھےٚ سانہِ پزلنہِ سمأجی تہٕ گریلو زندگی ہنٛز تصویر دید مانہٕ ۔ چنانچہِ

آسن وول طبقے ۔ چاہے سہٕ کانٛہہ بے پرواہ تہٕ بیٛقل بادشاہ آسہِ یا کانٛہہ دیارِ وول کورٕ ن ۔ تِہندی یم کارِ کرتوٗت چھہِ ذٕلیل بوزن والین ژٕورکم تہٕ کارنامہٕ زیادٕ باسان ۔ تِکیازِ گُھری ہندی پاٗٹھی چھُ سُہ تہٕ نہ آسن واٗلِس طبقس سٟتی وابستہٕ یُس پننہِ زیرکی تہٕ چالاکی سٟتی دولت کٔبِن شہمارن اٗچھن کچھہ ژٕھنان چھُ ۔

یِتھہِ ہشہِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ لۄکن ہٕنز محرٗمی تہٕ محکوٗمی ہٕنز داستان ۔ بقولِ تھامسن چھُ ''لُکہٕ ادب محرٗمین ہُندٕ خیاٗلی تشفی'' بیشتر کاشُرِ لُکہٕ کتھہٕ زیرِ نظر تھاٗوِتھ چھُ یہِ پٔزرسرِ گژھِ سپدان ۔ اکثر لُکہٕ کتھن ہُند بادشاہ تہٕ بادشاہ گرن اٗندی اٗندی آسُن تہٕ چھُ یہِ کتھ گاشراوان ۔ لُکہٕ ادبکۍ اکثر عاٗلم چھِ یتھ کتھہِ پٮٹھ یک راے زِ لُکہٕ ادب یتھ منٛز لُکہٕ کتھہٕ تہٕ شاٗمل چھےٚ چھُ لۄکن ہندِ ذسی لۄکن متلق تہٕ لۄکن ہندِ خاطرٕ وجوٗد س یِوان ۔ اَتھ لۄکہٕ مٔتس منٛز چھےٚ اکثر یتھ تِمن لۄکن ہٕنز یِہندِ باپتھ بادشاٗہی خوشحال تہٕ پایرجازندگی ہِندٕ اَنتھچ علامتھ چھےٚ ۔ چنانچہِ سانٛین واریاہن لُکہٕ کتھن تہٕ خاصکر گُھری ورگہٕ چن لُکہٕ کتھن منٛز تہٕ چھُ اہم کردار سُندٕ مٔنزِل مقصوٗد تہٕ یُہے بادشاہت ۔ بادشاہ ہٮ۪کہٕ اَکھ اَسِتھ تہٕ رعایا واریاہ ۔ اَکِس چھُ پرٕتھ کیٛنٛہہ میسر تہٕ واریاہن چھےٚ واریاہ وجہ ہے ۔ اَکھ چھُ واریاہن پٮٹھ حاوی تہٕ یم واریاہ چھِ اَمِس اَکِس تابع ۔ عیاں چھُ زِ اَکھ یژھیا واریاہن

تمہٕ ورچ نُمایندگی کران یُس ارباب اقتدارن مُشر وومُت تہٕ منسوومُت چھُ۔ اماپوٚز یَتھ منٛز تِتھی باصلاحیَتھ تہٕ ذہین شخص تہِ چھِ یِمن نہٕ پننین صلاحیتھن ہُنٛد مظاہر کرنُک موقہٕ بدَس آمُت چھُ ۔ عام زندگی منٛز یوٚ دوے یِہنٛز صلاحیتو ذاتی ہارسپدان آسہِ ہے مگر یِمو کتھوٗسی چھُ تِمو پننہِ لگہارٕی ہُنٛد دبدبہٕ بہنومُت ۔ یِتی چھُ تِمو کتھن ہنٛدِس اتھ دُنی یِہس منٛز سماجِکس تتھ ورگس آنچھ تہِ ہوٚرمُت یُس تِمن پتہٕ وتہٕ پٹھہٕ دباوان تہٕ زٕ ج زٕ ج تُلان رووُمت چھُ۔ کٕھری سُنٛد کِردار چھُ یِہ کتھ تہِ گاشراوان زِ ذہانتھ تہٕ گاٹجار چُھنہٕ صرف اوسوٗدِ حال طبقہٕ کُے میراثہٕ بلکہِ غُربت تہٕ افلاسس منٛز ہنہٕ آمتِس فردس تہِ یِیلہِ ماحول تہٕ حالاتھ سازگار تہٕ موافِق میسر سپدن تیٚلہِ ہیکہِ اکھ موموٗلی مُڈ تہٕ مُفلس جوان تہِ تاٰزی بھٹ یا ”سُیا“ بنِتھ ۔ کٕھری قبیلہٕ چِن کتھن ستیٚ ستیٚ چھےٚ تِم کتھہٕ تہِ توجہ طلب یِہنٛد اہم کردار ژوٗر چھُ ۔ حالانکہِ سماجی زندگی منٛز چھےٚ ژوٗر اکھ فعلہِ بد تہٕ حقیقی زندگی منٛز ہیکہِ نہٕ ژوٗرس ستیٚ شاید کانٛسہِ تہِ ہمدردی آسِتھ ۔ اماپوٚز یِمن لُکہٕ کتھن منٛز چھُ یوٚ ہے ژوٗرسون ٹوٚٹھ کردار بنان۔ یِمن کتھن منٛز ژوٗرٕ سِنٛز یَس تصویر اَسہِ بروٚنٛہہ کُن ووتلان چھےٚ تمہِ مطابِق چھُ سُہ نہ جسمانی لحاظہٕ جُسوار تہٕ طاقتور تہٕ نہٕ ہاٰبتھناک۔ سُہ چھُنہٕ راہن ہُڈ ہیوٚ بارعب تہِ ۔ بلکہِ چھُ تسُنٛد ہتھی یار تسنٛز چالاکی تہٕ زیرکی تہٕ تَسُنٛد نشانہٕ چھُ بیشتر پاٰٹھی

چھنہٕ تقدیرس پان پُشرِتھ تالوٗٹنگ وسنٕکی رٕوجحان ہاوان۔ بٔلکہِ چھےٚ یِم کتھ
ہنٛدس اہم کردارس کُنہِ مُشکلہِ یا مُہمہِ منٛز سورخرو نیرنہ باپتھ جستجو کرنٕچ
ترغیٖب دِتھ وَتھ ہاوِتھ باضے تدبیرِچ علامتھ بنان۔ مثلن یِتھٕن مددگار
کردارن منٛز چھےٚ سوٗدٕ بزٕ ور بوٗدٕ بزٕ ور جوری اہم۔ ہرگاہ گہرٲیی سان وُچھو
تیٚلہِ چھےٚ سوٗدٕ بزٕ ور سوٗد بوٗدِ ہنٛز علامتھ بنان۔ "سوٗدٕ بوٗدٕ" لفظ چھےٚ ازکل تہٕ
أسی عقلہِ، گاٹجارتہٕ سوٗنچنہٕ سرنہٕ کِس مانیس منٛز ورتاوان۔ ساٚنِن لُکہٕ کتھن
منٛز چھےٚ اکا تہِ ناوتِمن ہنٛز امہِ انمانہٕ شخصاونکٲری ہنٛز واریاہ مثالہٕ مثلن
دزاگہٕ دیو، شکس بُڈ یامرٕ چہِ بُڈ بیٚترِ۔ سوٗدٕ بوٗدٕ لفظس ستی بزٕ ور لفظ جورنس
ہیکہِ شاید یہِ وجہ آستھ زِ بزٕ ور چھُ سوٗی جانورو منٛز نہ صرف تیز نظر بٔلکہِ ترٛکھ
تہِ۔ یُس اَنہِ گٹہِ منٛز تہِ وُچھتھ ہیٚکان چھُ۔ دوٚیِم یہِ چھُ تمن جانورن منٛز
یُس کُنہِ بستی منٛز گرٕ گرٕ دلنہٕ گُٹھِ پیٹھ بانہٕ گٹھس منٛز تام اٚژتھ ہیٚکان چھُ۔
مطلب سأری ہے چھُ وأتتھ ہیٚکان۔ بہرحال سوٗد بوٗد ہنٛز سوٗدٕ بزٕ ور بوٗدٕ
بزٕ ور شکلہِ شخصاونکٲری کٔرِتھ چھےٚ ساٚنِن لُکہٕ کتھن منٛز تقدیرس ستی ستی
تدبیرِچ أڈرن تہِ کرنہٕ آمٕژ۔ ووٚن گو تقدیر پرستی ہُند پوٚتُر چھُ کُنہِ کُنہِ
گوٚب پہن تہِ یہِ چھےٚ نہٕ کأشرِس سوٗنچس متلق کانہہ تہِ غارموٗمولی کتھ تکیازِ
کأشرِس چھےٚ دیہِ رٕژرَس پیٹھ پرٛژھ۔ تُنٛد سوٗنچ چھُ زِ مشکل تہٕ مصیبتھ چھےٚ
دیہِ ہنٛدِ طرفہٕ محض ازمٲیش۔ سون رواًیتی فلسفہٕ چھُ یِی زِ دیس چھےٚ پنٕنی بندہٕ

ہنٛدس سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ ؤستھ پٔنٕنۍ ممتاز انفرادی یَتھ راوراوٕنی کِنہٕ واریاہ یَوٚھن اُمس اُکی ہنٛدس تھزرس واتُن۔ اِنسانی فطرژ موٗجب چھےٚ ڈوٚیم کتھ صحی باسان۔اماپوٚز حقیقی زندگی منٛز چھُ یہِ سبٹھے ناممکن تکیازِ اَتہٕ ہکہٕ اُکہِ وقتہٕ اکُے اَتھ تھزرس پٮ۪ٹھ واتتھ تہٕ سُہ تہِ یٮ۪لہِ بادشاہت موروٗثی آسہِ تٮ۪لہِ چھےٚ یہِ لامحال کتھ۔یہِ چھُ تٮ۪لہِ یاتہٕ خابس منٛز ممکن نتہٕ لُکہٕ ادبہٕ کِس خیٲلی دُنیہس منٛز یُس فرائیڈ ین نفسیاتہٕ مُطابق عوام الناسُک خاب چھُ۔ تہٕ یَتھ پاٹھی اگر اُسی پننین یوٚھن لُکہٕ کتھن محکوم تہٕ محروٗم عوامُک خاب گاہ وَنو غلط گژھہِ نہٕ۔

لُکہٕ ادبُک امریکی عالمِ رِچرڈ سَن چھُ امریکی لُکہٕ کتھن ہُنٛد مطالہٕ کران تہنٛز امید پرستی (Optimestic) خوٗصوٗصیژ کُن اِشارٕ کران۔ یوٚ دوے وُچھو یہِ روٗحان گژھہِ اسہِ پننین لُکہٕ کتھن منٛز تہٕ نظرٕ۔یہِ عُنصر چھُ تمن لُکہٕ کتھن منٛز زیادٕ نُمایاں یُہنٛد مرکزی خیال تقدیر تہٕ تدبیر چ تگ دَو چھےٚ۔ظٲہری طور چھُ بیشتر لُکہٕ کتھن منٛز تقدیر پرستی ہُنٛد روٗحان غالِب باسان۔مثلن کھوٚر چھُ پننہِ تقدیرٕ ستی کنٛگالی پٮ۪ٹھ بختہٕ بجر پرٛاوان۔ ہرگاہ اَسی پننین لُکہٕ کتھن ہنٛدِ ن اَسلوٗبیاتی گرتین سوٗیمن منٛز تہِ چھِ وی۔ سے۔ پرٛاپہ ہنٛدِ دٔسی بدِ کڈنہٕ آمتین مددگار عنصرن ہنٛز مختلف صوٗرژ موجوٗد۔ یِم مختلف کردارن ہنٛز شکلہِ منٛز ڈیٛنٛٹھی گژھان چھِ۔ووٗن گوٚامہِ ورٕکی ساری کردار

مۆز گوھنہٕ ورأیی کرٕ بہٕ یتھین صرف اکہِ صۆئژ ہنٛز ذکر تہٕ سوچھےٚ وٕٹسی گوھُن یاوٕٹسی کرُن ۔ کشیرِ منٛز چھےٚ اِنسانن ہنٛز وٕٹسی گوھنچہِ یاوٕٹسی کرٕنچہِ واریاہ لُکہٕ ریوایژ زبأنی زد ۔ یتہِ چھےٚ تژھہٕ واریاہ جایہِ یمن ڈُمٹھ ونان چھِ تہٕ یمن متلق یہِ ریوایتھ چھےٚ زِ یم چھِ تمن بدکردارن ہنٛدی مُری یم کأنسہِ روٗحأنی بزرگن لوٗکن ہنٛز سلامتی باپتھ کنین منٛز تبدیل کٔری متی چھِ ۔ ظأہر چھُ زِ وٕٹسی گوھنک یا کرٕنک یہِ روجحان چھُ کنہِ نتہٕ کنہِ بُدی ہُنٛد سزا ۔ یتھی واقہٕ چھِ ورگہٕ پأٹھی اِنسأنیت تہٕ اَمکہِ پوچھر باپتھ کأشرٕ ن ہنٛز یژھ پژھ بروٗنہہ کُن انان ۔ انسانس چھُ یِیمہِ بُترأژ ہنٛز وزوٗزأژ منٛز ساروٕے کھوتہٕ تھوٚد درجہٕ یاریوأیتی سوٗنچہِ مطأبق اِنسأنی زَنم چھُ منٛتس خبرٕ کتھوٚ زنمہٕ پھرِ بوٗ پتہٕ میلان تہٕ اَمہِ انسأنی زنمُک مقصدتہٕ مداچھُ خودشنأسی تہٕ تہٕ خداشنأسی تہِ یتھ اِنسان آواگمن کہِ ژٕ کرٕ نشہِ آزاد سپدِتھ ہکہِ ۔ یی چھُ یِیمہِ ریشو وارِ ہنٛد بن ریشین ہُنٛد رُت پأغام ۔ اماپوٚ زیوٚ دوے یہِ انسأنی زَنم تہِ کأنہہ شخص اعمالِ بدن منٛز ضایہ کرٕ یہِ چھُ تَسنٛدِ باپتھ بوٚڈ سانحہ ۔ تیلہِ چھےٚ نہٕ تس تہٕ بےٚ زوٗ جمادأتی ڈُنی یہچہِ کنہِ درمیان کھٔنی تہِ فرق، تکیازِ کُنی تہِ چھےٚ اژبتھ تہٕ زمانہٕ مکانہٕ کوٚپننہٕ وجوٗدٕ کہِ شوٚعوٗرنشہِ محروٗم ۔ توے چھُ کُنی بناوُن یا کنہِ منٛز تبدیل گژھن بوٚڈ سزا یُس لوٗکن ہُنٛد باپتھ بأعث عبرَتھ تہِ چھُ ۔

ٲژھی تہٕ سُہ کرنہٕ تِمن کُنہِ باپتھ چورتہٕ ۔ سُہ یہ کرِ تہٕ کرِ رُتی ۔ کٲشرِ منز
مروجہٕ تہٕ مقبوٗل اکثر لُکہٕ کتھن منز چھُ اہم کردار تکلیفو تہٕ مصیبتو
منزِ گُذرِتھ اۄخرس رٕژر پژاوان ۔ دِیہ رٕژرس پتھ پوٗرٕ یتھ تہٕ پتھ
آسنہٕ سبہٕ چھےٚ اکثر ذٔلیلہٕ خوش یِونس اندس پتھ واتان ۔ کٲشرِ روٲیتی
سوٗنچہِ مطابق چھُنہٕ موتھ امکاناتن ہُند خاتمہٕ بلکہِ چھُ یہ نوٚین امکانن ہُند
آغاز ۔ مثلن ہی مال نٲ گرا یے کتھِ منز چھُ موتے یہندِ وصلک وجہ بنان ۔
یُہے ترا یے چھےٚ بیٚیہِ اندازٕ اکہٕ ننّدنس منز تہِ ۔ یَتھ اۄسی کٲشرِ ہنز باطن
پرستی ہُند تمثیلی اِظہار تہِ وُنتھ ہیکو ۔ اکہٕ ننّدُن چھُ اکہِ لٹہِ مارنہٕ یتھ
دُبارٕ زندٕ سپدِتھ مٲلس ماجہِ باپتھ پوشہِ وُن بنان ۔ حقیقتھ زانہٕ باپتھ چھُ نفس
مارُن لابُدی مگر نفس چھُ اِنسانس پننس زالس منز تتھے پٲٹھی بند کران
یتھ پٲٹھی اولادُ میہ ولان چھُس ۔ اما پوٚز زیٚیمی شخصن پنُن نفس کوٚرِتھ پنُن
پان دُنی یٲ وی تہٕ نفسیٲتی اولوٕدِ گیونش مُچھِہ روٗٹ تمِ کُب ابدی مسرتھ تہٕ
اطمنان تتھے پٲٹھی یتھ پٲٹھی اکہٕ ننّدنی مٲلی ماجہِ جوٗ گی سُند بول بجا اۄنتھ
پنُن اولادُ سوکھ دُبارٕ حاصل کوٚر ۔

شکلہِ پھیُر یتھ انگریزی پٲٹھی ٹرانسفارمیشن یا میٹامارفاسس
وَنان چھِ چھُ لُکہٕ کتھن منز عام ۔ یہِ خصوٗصیتھ چھےٚ کٲشرِ لُکہٕ کتھن منز
تہِ کُنہ کُنہ نظرِ گژھان ۔ لُکہٕ کتھن منز چھےٚ اَتھ مختلف صوٗرژ ۔ اما پوٚز تفصیلن

# لُکہٕ بٲتھ تہٕ جِنسی رٕوٕیہٕ

یِتھ موخصر مقالس منٛز چھُنہٕ میوٚن مقصد تہٕ مُدا تِمن دٔکھن ،
دولابن تہٕ مسرت تہٕ شادمانٮ۪ن ہِنٛدبن ژِہین ہُنٛد للہٕ کھوٚل کرُن یِمن
دوران سأنی لُکہٕ بٲتھ تھنہٕ پیوان چھِ بلکہٕ چھُ میوٚن مقصد تِمن دوٚن
رٕوٕیَن کُن اِشارٕ کرُن یِم یِمن لُکہٕ بٲتن منٛز جِنسہٕ پھیرِ چہٕ بُنٛیاز پیٹھ
بزوٚنہہ کُن یِوان چھِ ۔ یِتی چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضروٗری زِ لفظہٕ ''جِنس'' چھُ مےٚ
گزامری اِصطلاحٕ رٕنگی ورتوٗمُت ۔

لُکہٕ بٲتن ہِنٛدی یِم مختلف رٕوٕیہٕ چھِ یِہ زِ صِنف نوٗزُک چھُ
یُوپاُٹھی ''گُفتار پسند'' تہٕ صنفِ ثقیل چھُ ''دیدار پسند'' یانے اکھ چھُ وَنُن
تہٕ بوزُن یژھان تہٕ بیاکھ چھُ وُچھن یژھان ۔ دوشوٕنی جِنسن ہِنٛدی یِم
بیوٚن بیوٚن رٕوٕیہٕ چھِ خاصکر تِمن وژنن منٛز ٹاکارٕ یِمن أسی لولہٕ وژُن ونان چھِ ۔

بہر حال کأشرس منز چھ لُکہِ کتھن ہُند اَکھ جان ذٔخیرٕ ییتھ منز سانہِ پتھ کالکہ تہٕ سانہِ سونچکہ تہٕ نفسیاتکہ مختلف رنگ جلوٕ گر چھِ۔ ییتھ مقالس منز یمن سارِنے رنگن وِحاطہٕ کرُن چھُ مشکل تہٕ بقولہِ شأعر

ورق تمام ہوا اور مدح باقی ہے
سفینہ چاہیے اِس بحرِ بیکراں کے لیے



رُودی مِتی ۔ یہِ کتھ چھےٚ غور طلب زِ یتھی ہِوی رُحجان ماچھِ مُخالِف جنسہٕ
ہِندِس لاشعوری مٔنز مردٕ ہنٛزِ تشنہٕ لب نظرہِندِ احساسُک نتیجہٕ ۔ مردٕ ہِندِ
اُمی جذبٲتی جُکاوُ موجب چھُ شاید دُنی یِہکھو اخلاق پسند تہذیبو صنف نوزکس
در پردٕ روزنہٕ باپتھ پھِری پھِری تلقین کۆرمُت ۔ یتھے پٲٹھی چھےٚ کینژون
نفسیٲتی ماہرن ہنٛز راے زِ صنف نازُکس مقابلہٕ چھےٚ مُخالِف جنسس
افسانوی تہٕ رومانوی مواد پرنس مٔنز زیادٕ دِلچسپی روزان تِکیاز کینژون
صوٗرتِ حالن مٔنز چھُ تِمَن حِس پزاونُک دوٚ رُؤسِلہٕ قوت سامع ییلہِ زن
یتھین صوٗرتِ حالن مٔنز مردن بصری حِسہٕ ذٔریعہٕ حِس پزاوان چھُ ۔
عوام الناسچہِ تخلیقہٕ لُکہٕ ادبہٕ بزٕ ونہہ یمو اَسی فردٕ ہنٛز تخلیقہٕ یانے
"تخلیقی ادبس" کُن ۔ محض یہِ سرکھر کرنہٕ باپتھ زِ دوٚن جنسن ہِندی یِم وکھر
وکھر رٔوِیہ چھِ تخلیقی ادبس مٔنز تہِ آمتی ۔ اَسی نِمو پننہِ شٲعری ہنٛز زٕ مثالہٕ
یِم بیٖمہِ صدی ہِندٕ بن دوٚن نُمایندٕ شٲعرن ہِندی کلامہٕ مٔنز چھِ ۔

ژلہٕ لارِ وُچھمکھ حالہٕ وَنہے وارٕ وُچھہے روے
گلہِ زیوٚ مےٚ گَیم اوش وو وُتھم دیدرٲیہ وَنے کیا
کتھ کتھ وٕنی نم لوہ تےٚ شال
انگ انگ ڈُچھمس سیٖمنی چھ

گوڈنیُک شار چھُ مجبوٗر سُند تہٕ اَمیک شارٕ کردار چھُ مونثہ تہٕ دوٚیم
چھُ رٲہی سُند تہٕ امیک شارٕ کردار چھُ مُذکر ۔ گوڈنکہِ شارٕکس گوڈنکہِ بے

یِقین چھُ یِہ وُنُن تہٕ ضروٗری زِ نفسیاتی رُوی ین ہُند یِہ پھیرِ چھُنہٕ چھرا سانہِ لُکہٕ شاعری ہُند خاصہٕ بلکہِ چھُ یِہ پھیرِ تخلیقی شاعری منز تہٕ یِیتہٕ ہوٚتہٕ دزٕ یِنٛٹھی گوٚھان ۔ یِہ تہِ چھُ صحی زِ یِہ رُوی یِہ پھیرِ چھےٚ نہٕ صرف ادبٕچ خوٚصوٗصیتھ بلکہِ چھُ یِہ سانہِ زندگی ہندٕن کیٛنٛژن صوٗرت حالن منز تہٕ کارفرما۔ چنانچہِ ادب یا لکہٕ ادب چھُ فرد وٕسی تخلیق سپد ان تہٕ امہِ موٗجب چھےٚ اَتھ منز اِنسانی نفسیاتچ تہٕ زندگی ہنٛز عکاسی لابُدی۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ لُکہٕ باتن چھُ باضے قدیم کالہٕ پیٹھٕچ آدمی وونٛدن ہنٛز خود وو پزٕ آوی موسیقی تہِ ونہٕ آمت تہٕ باضےلوٗ کہٕ مچ شارٕ تخلیق تہٕ۔

بہرحال یوٗ دوٚے دوشوٕ نی جنسن ہنٛدس بُنیادی نفسیاتس منز ہشر چھُ، تہِ کرِتھ تہٕ چھےٚ سانہِ سماجی زندگی ہنٛز کینٛہہ حقیقتو یم۔ یتھ مقالس منز زیرِ بحث خیالس دربر بخشان چھےٚ۔ مثلن عام وہوٚھنیہِ موٗجب چھُ ''حُسن'' تہٕ ''خوٗبصوٗرتی'' سُہ گون یمیٛک توٚلق واریاہ حدس تام اِنسانہٕ ہنٛدِس بصری حِسس ستی چھُ تہٕ یِہ چھےٚ اِنسانہٕ ہنٛزِ امی بصری حِسٕچ کارفرمأیی زِ مردن ہنٛزِ پیٹھو ولی ہنٛدِس یتھ دُنیہس منز چھُ مختلف تہذیبو پتہٕ وَتہٕ پیٹھ صنف نوٗزک یمہِ دُنیہٕک حسین ترٕین وجوٗد قرار دِتمت تہٕ یِہ وُنُن گژھ نہٕ غلط زِ یِہ خطاب چھُ مردٕ ہنٛدِ ''دیدار پسند'' مزاز کہ نتیجہٕ۔ یتھے پأٹھی چھِ فیشن پرستی تہٕ جسمأنی نُمأیشہٕ ہنٛدی صلہٕ زیادٕ پہٕن صنفِ نوٗزکس ستی وابستہٕ

سائنٕس لُکہٕ رَسس منٛز چھےٚ اَکھ ؤبٕز صفأتی ترکیب ''شانٛدٕ گندی
طوطہٕ''۔ اَمہِ ترکیبہِ ہنٛدِ مانہِ مفہوٗمچ وبٕرھنَے کرنٕچ چھےٚ نہٕ ضروٗرَتھ۔ تہٕ
وکھناونہٕ ورأیِی ہیکو ؤنِتھ زِ یہِ صفأتی ترکیب چھےٚ سائنٕس سماجس منٛز گُفتار
پسنٛدی ہنٛز نِسوأنی خوٗصوٗصِیَتھ مدِ نظر تھأوِتھ سبٕٹھاہ مُناسِب۔ صنفِ نوٗزُکھ
ہنٛز ونٕچ تہٕ بوزٕنچ تہٕ مردٕ ہنٛز وُچھنٕچ تگ دَوچھےٚ سانہِ لُکہٕ شأعری منٛز تہٕ
سرٕ نٕی تہٕ گنی پأٹھی لبنہٕ یِوان۔ پزٕر چھُ یہِ زِ اَمہِ شأعری ہنٛدٕ بن لولہٕ نغمن
ہنٛدِ خأہشن تہٕ امارن ہُنٛد یہِ مأری مٔنٛد دُنیاہ چھُ یِمنٕے دون مرکزن أندی
أندی آبادتہٕ الگ الگ جنسن ہنٛد یہِ الگ الگ رو٘حانی چھُ یِمن نغمن ہنٛزِ
اَتھ لولہٕ باؤژ رنگ آمیزی تہٕ بخشان۔ چنانچہِ دوشوے رو٘حان چھِ وکھرٕ
وکھرٕ محورن أندی أندی یِیمہِ کِنی اَتھ شأعری منٛز یِمن دوشونٕی رٔوی یَن
یارو٘حانن ہُنٛد میٚل سپدنہٕ بجایہِ بکھراو سپدان چھُ تہٕ یوہے بکھراو چھُ
اَتھ منٛز ہجرٕ وصلکہِ دوکھک تہٕ کرٛیشنک نہ ختم سپدن والہِ سلسلُک موٗجب
بنیومُت تہٕ کُنہِ حدس تام چھُ امی رٔوی یہِ بنیمرٕ کِنی یہِ لولہٕ جذبہٕ بےٚ اولوٗدٕ تہٕ بنان۔
چنانچہِ یِمن لولہٕ نغمن منٛز چھُ ارضی لولُک سیٚد سیٚود اِظہار۔ اماپوٚز
یہِ لولہٕ باوَتھ چھےٚ نہٕ ؤسی پایہِ یاباز آری۔ امیُک ہوانوا چھُ سلنہِ ادٕچہِ عشقہٕ
شأعری ہنٛدِ اکہِ رنگہٕ نشہِ تہٕ ہنابدون۔ خاصکر چھُ یہِ تِمن لُکہٕ بأتن متعلق
صحی یِمن منٛز عاشق مونث چھُ۔ تِتھِمن وژنن منٛز چھُ عاشق معشوق سُند

مِصرس منز چھُ امیک شارٕ کردار دون ہمسوسن ہنز باوَتھ کران ۔ اول یارس
حال وننک تہٕ دوٚیم سُہ وارٕ وُچھنک ۔ عیاں چھُ زِ اُمس نِش چھےٚ گوڈٕ
انوآری حال باوُنس نٕز وارٕ وُچھنس ۔ دوٚیمس مصرس منز تہٕ چھُ بولنچہٕ قووٕژ
ہُنْد نالگہاآر سپُدن اُچھن ہنْدِ حالتِ زارٕ بروٚنہہ باوَنہٕ آمُت ۔ چنانچہ
شارُک عاشق چھُ مونث اَمہِ موٗجب چھےٚ اَہنزِ خاہشہِ تہٕ ترجیحہِ تہٕ پننہِ جنسہٕ
مُطابِق ۔ دوٚیم شار چھُ دوشوٚنی جنسن ہُنْد بیوٚن بیوٚن وُطیرٕ زیادٕ ٹاکارٕ
پاٹھی بروٚنہہ کُن انان تہٕ یہٕ چھُ دوشوٚنی جنسن ہنْد عمل تہٕ ردِ عمل حسابٕ ۔ یانے
مُذکر کِردار ہنز بصری حِسیچ عمل ییٚتہِ گوڈٕنکس مِصرس منز باوَنہٕ آمُت چھےٚ تتہِ
تتہِ چھےٚ دوٚیمس مصرس منز مونث کِردار ہنز وَنن تہٕ اے عیاں سپدان ۔
سائنس تخلیقی ادبس منز چھےٚ یِمن مخصوص جنسی رُوِیَن ہنز واریاہ مثالہٕ ۔
مثلن سانبن لولہٕ مثنویَن منز چھےٚ سراپا نگاری ہنز کیٚہ مثالہٕ یِمن منز مرد
کِردارن ہنْدِ ذِکہ زنانہٕ کِردارن ہنْد رنگ روپچ خوٗبصورتھ تصویر کشی
کرنہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ یِمن منز چھےٚ نہٕ تِتھن مثالن ہنز کمی تہِ ییٚتہِ زنانہٕ کِردارَو
ہجرٕ کِنہِ حاری ثاتن تہٕ حسرتن ہنز اثر آموز باوتھکاری دوران پننہِ گُفتاری
مزازٕچ بروٗر عکاسی کرمٕژ چھےٚ ۔ تِتھے پاٹھی چھےٚ روٗسل میرٕنی شاعری
مردانہٕ شخصیُو ہنْدِ وُچھن حِسکہِ تشریح تہٕ تُہرٕچ ٹاکارٕ مثال تہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ
ہِندی سنہٕ وِنی آلوچھِ نسواٗنی شخصیُو ہنْدِ گفتار پسندی عاٗنِ مُطاٗبق ۔

۶۔ دِلہٕ بوزبہٕ وَنےٚ گِلہٕ ماشوقو گِلہٕ ماشوقو

ہیٚرِ کنہِ دِنہٕ آمُت پرٛتھ کُنہِ شارِ مثالہِ منٛز چھُ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ اَکھ جذبہٕ غالب تہٕ سُہ چھُ بیہِ زِ شارِ کردار چھُ پننہِ گدرُن ہٮ۪ن یا ژیٚنن ژرژن باوُن یژھان۔ یانے یِمن شارن ہُنٛد کردار چھُ پننہِ آزادی باوژ ہنٛز آزادی تہٕ عاشق پننہِ لولُک تکمیل پننہِ آزادو ونٛد باوژ منٛز وچھان۔ امہٕ نٛز مردِ سُنٛد رجحان چھُ امہِ نِش مختلف۔ تیٚمنٛز دِلچسپی چھےٚ وکھرٕ۔ تیٚمنٛزِ لولہٕ بوچھہِ ہُنٛد تسکین چھُ اتھ برعکس تیٚنٛدِ وچھن حبس ژٕسی ممکن۔ مثلن وچھتو یِم کیٚژھہ شارِ مثالہِ یِمن منٛز مرد عاشقہٕ سُنٛد بیہ وچھن حبس ٹاکارٕ چھُ۔

۱۔ منگی ذاتَس تار ہانٛز ییے
نالی اطلاس چھےٚ ہانٛز ییے کھالی مالہٕ کیا چھےٚ شوبان
گٹہِ منٛز چھکھےٚ کاژ زوٗن ژٕنی ییے............

۲۔ ہیٚرِ ہیٚرے کھٕتی عاشق نیری نہ اُتی ییے
وٕتھی تژ اوتےٚ دارِ پنجر پان ہاوتےٚ اُتی ییے

۳۔ گرٛ یسی کوٗری خُسنٛچ پٕری ییے لو گامہٕ اندرِ شامہٕ سوٗنٛد ری ییے لو

۴۔ اتھہ ژالی منٛس والی کمی ژےٚ کھالی ییے تتہ پٕتھ کُمر بوچھی پیٚرٕنتی الی ییے

کھسہٕ وُن ییٚن خلصہٕ اطلاس عالی ییے کیاوٕ ریٚوٕرے پرٕی مےٚ ترٛاوٕ کالی ییے

یِمن شارِ مثالن ہرگاہ وارِ سوٗ اکھ کتھ چھےٚ بروٗنہہ کُن یِوان۔

رِشتہٕ سماجی قدرن ہنٛز پینٛنہٕ وونہٕ مُطابق۔ تتھ منٛز سماجی قدرن ہُندٕ سنسر برسرِ پیکار چُھ ۔ یانے یہِ لول چھنہٕ محض عاشق معشوق سُند لول بلکہِ چھُ یہِ دون بأژن ہُند لول۔ وۄں گوتمِ وژن یِیتہِ عاشق مرد چھُ تِمن منٛز چھنہٕ یہِ لول دون بأژن ہُند لول روزان بلکہِ چھُ یہِ پننہِ لوتہٕ وأسے اند ازِ بیانہٕ باوجوٗد تہِ عشقیہ شأعری ہنٛز سرحد مانڈان۔ دوشونٛی درمیان یہِ تفاوتھ چھےٚ دِلچسپ تہٕ تہٕ غور طلب تہِ۔ ممکن چُھ زِ امہِ تبدیلی ہندی وجہ ہکو أسی تتھ سماجی ڈانچس منٛز لبتھ یَتھ منٛز مردٕ سنٛز پتھوٗلی رۄزمٕژ چھےٚ۔

بہر حال کتھ چھےٚ دون مختلف نفسیأتی رٕویَن ہنٛز۔ یہِ کتھ سپدِ شارٕ مثالو ستۍ زیادٕ واضح۔ گوڈنبتھ نی تَوَتم کینٛہہ مثالہِ یِمن منٛز عاشق زنان چھےٚ۔ وُچھتَو یِمن شارٕ مثالن منٛز کیا ہمسوسہٕ چھُ عاشقس یا شارٕ کردارس

| | |
|---|---|
| ۱۔ سَخ تَو وِگنو رۄو ہے کرو | مستوٗری ونہٕ ژھایے لولو |
| ۲۔ اتھہٕ ترٛأوی توٗن جاناوار | پھیرِ باغس کرِ گفتار |
| یہِ چُھ نِعمن ہُند تن دار | اتھہٕ ترٛأوی تون جاناوار |
| ۳۔ روزۄ بیدار پوشہِ نۄلو | بوزِ وِگنے روویے |
| ۴۔ نجد کے مجلوٗنہٕ بوزمیأنی زار | لولہِ منٛز بہٕ کرے گوٗرِ گوٗرِ لولو |
| ۵۔ گژاون گن تھاو یاون ژۄرو | یاون ژۄرو |
| وتہِ پننہٕ ڈلہم دپنے ژۄرو | یاون ژۄرو |

اُسِتھ ییٚمہٕ موٗجب مذکر عاشق یا معشوق حُسن تہٕ ماری منٛز روٗچھن تہٕ پھرِ ی پھرِ ی وُچھن یژھان چھُ ۔ ییٚمہٕ کتھہٕ ہُنٛد احساس چھُ مونث عاشقس تہٕ زِ تَسُنٛد اتھٲری حُسن ہیکہٕ مُذکر معشوقس آسٲنی سان پانس کُن متوجہ کٔرِتھ۔ یہِ تژ اے چھےٚ لُکہٕ باتَن ہنٛدِ بن باقٕے رنٛگن منٛز تہٕ مثلن یم وَنون ہُری وُچھو ۔

۱۔ پوٗرہٕ ییٚلہٕ گوھکھوٗ چھٕنیٚ کٕنٛز دٲرِ چھے
تتھی اندر ہٲر چھے شولہٕ ماران

۲۔ آنگنس سٲنس گولاب ٹھرِ یے
ژٕ ہسا اٲمی پرٲی یے تمبلوٗ کھ

دون بیٚون بیٚون رٔ ویَن منٛز عکٲسی کرن والین یمن لولہٕ وژنن چھِ پانہٕ وٲنٛی کینٛہہ پھیرِ تہٕ دژیٚٹھی گوھان ۔ مثلن دیدار پسنٛدی منٛز عکٲسی کرن والین باتن منٛز چھےٚ اکہٕ لوتہٕ وٲے انٛدازٕچ پیکر نگٲری زیادٕ پہٕن ۔ اَتھ منٛز چھےٚ حُسن یا حُسنس متعلق تصورس مورٕضن ستی مشابَتھ دِنٕچ عمل غٲلِب یَس دوٚیمہٕ ورگہٕ کین باتن منٛز اَتھ مقابلہٕ کم پہٕن چھےٚ ۔ تتہٕ چھُ اَتھ مقابلہٕ سیٚد سیٚود جذبہٕ باوتھ۔ گوڈنِکہٕ قسمہ کین باتن منٛز چھُ شارت ووتلاونہٕ باپتھ زیادٕ پہٕن دٔخل تخیُل کِس عُنصرس۔ ییٚلہٕ زن دوٚیمہٕ تژ لیہِ ہنٛدِ بن باتن منٛز جذبن منٛز شدٕژ ژٕ دٕسی شارت ووتلاونٕچ کوٗشش

یانے یمن منز چھُ عاشقہٕ سُند لفظ ازٕ بیان تأریفی ۔ اما پوز یہِ چھِنہٕ تٕلی ۔ بلکہِ
چھُ اُمس مرد عاشقس یِیمہِ کتھِ ہُند احساس زِ تَسُند مونث معشوق چھُ
تأریف بوزُن یژھان تِکیازِ بوزنُک حبس چھُ تَسُندِ باپتھ حض پزاوٕنُک
اَکھ فطری وُسیلہٕ ۔ تہٕ سراپا ہِکو تأریف کرِنی چھِ تَسُندِ باپتھ اَکھ آسان تہٕ
کارگر وُسیلہٕ ۔ یِیمہِ موٗجب زِ صوٗرتھ چھےٚ شخصیُو ہُند سُہ پٔتھے بانٛک پہلو
یَتھ اُسی تأریف کرِتھ ہکو ۔ سأنِس لُکہٕ ادبَس منز چھےٚ عاشق معشوق ہٕنز
تصویر کأری "ہارِ تہٕ طوطہٕ" ہٕنز شکلہِ منز کرنہٕ آمٕژ ۔ شاید چھُ وجہ یِی زِ
مونث عاشقس چھِ پننی تأریف بوزٕنس منز یوان تہٕ طوطہٕ وننہِ تی یِیہ سُہ
ہیچھناونہٕ یِیہ ۔ یاورگہ پأٹھی یِیہ ہأر بوزُن یژھ ۔ یِہ پزر ہکو اُسی بُلبُل
پوشہِ نول، بوٗبر بیٚترِ علامتی لفظن متعلق تہٕ پرکھأوِتھ ۔ سانِن یمن لولہٕ
وژنن منز چھِ ہأر، یمبرزٕل، گُل، کوتر، مسوٗل تہٕ اَچھِ دأر بیٚترِ ہوِ مُختلف
سیدی سادٕ تہٕ وبدی لفظ اِستعارو تہٕ علامو رٔنگی ورتاونہٕ آمٕتی ۔ یِم دوے اُسی
وُچھو تِھی سأری لفظ چھِ شیر تھ پر تھ تہٕ خوش شکیل مونث عاشق یا معشوقہٕ
ہنز تصویر بروٗنہہ کُن انان ۔ حالانکہِ نہ چھُ ہارِ ہُند چری گیش متوجہ کرنس
لایکھ تہٕ نہٕ چھےٚ اچھِ دأر بول چالس اہل ۔ یوہے حال چھُ یمبرزلہِ
یا مسولہِ بیٚترِ ہُند ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ یہُند ورتاو مونث معشوقہٕ ہنز تصویر کأری
کرنہٕ باپتھ پھِری پھِری سپدمُت ۔ امیک وجہ ہیکہِ سُہ مردانہٕ نفسیأتی رُدی یہ

ڑوی یہِ اکہِ بدل آیہِ کارفرماہ یمیُک تصوٗر یہِ کوٗرذہنی سوٗتھرس پیٹھے کران چھےٚ۔

چھیکرس چھےٚ یہِ کتھ تہِ وَنٕنۍ ضروٗری زِ دوشوٕنی جنسن ہٕنٛدین یمن ڑوی یَن درمیان چھےٚ نہٕ کانٛہہ تہِ حتمی حد بندی۔ یانے کُنہِ وِزِہیکہِ یہِ اَکھ أکی ہٕنٛز سرحدن منٛز تہِ دأخل سپدِتھ۔ وۄں گوغألِب روٗحجان چھُ یِی زِ یٚتہِ یٚتہِ أسی یمن لولہٕ وژنن منٛز دوشوٕنی جنسی ڑوی یَن ہُنٛد مسٕ میٖل ۄچھان چھِ نسوأنیتھ چھےٚ گفتأری ژراے تہٕ مردأنیتھ چھےٚ ۄچھن بوٚچھہِ ہنٛز ژراے رٹان یانے أکِس منٛز چھےٚ ونٕنۍ تہِ بوزنٕچ کل تہٕ بیٚیس منٛز بصری حسٕچ ووتھ ژھاٹھ۔



دۄژیٹھی گوھان چھےٚ ۔ گوڈنِکہِ قسمہِ کین بأتن منٛز ییٚتہِ مُخاطب سٕنٛز شخصیَتھ بروٗنٛہہ کُن انٛنس پیٹھ زیادٕ زور چھ تتہِ چھ نسوأنی رٕ وٕ یہِ چہِ شاعری منٛز متکلم سٕنٛز شخصیَتھ بروٗنٛہہ کُن اَنٛنج زیادٕ کل ۔ یہِ پھیُر چھُ یہٕنٛدس اُسلوٗبس تہٕ لفظ ورتاوس منٛز تہِ ٹاکارٕ ۔

لُکہٕ بأتن ہُنٛد غألب عُنصر چھُ اَمِچ جذبل لے تہٕ موسیقیَتھ ۔ یہِ چھ کأشرِ بن لُکہٕ بأتن مُتعلق تہِ صحی ۔ بامے سُہ نسوأنی لہجہٕ آسہِ یا مردانٕہ لہجہٕ یِم خصوٗصیَژ چھےٚ دۄشوٕنی لہجن منٛز پننہِ پننہِ رنٛگہٕ وٕژ ۔ بلکہِ چُھ کُنہِ کُنہِ اَتھ شاعری منٛز جنسی رٕ وٕ یَن ہٕنٛدِ نبرل ورتاوٕ ڈٕسی اَکھ سنہٕ وُن توٗژ تہِ دوٗتلاونہٕ آمُت ۔ مثلن نی توٗن یہِ ہلچہٕ بأتھ ۔

| | |
| --- | --- |
| ریٚنٛزِس گنٛدُم ریٚنٛزِس گنٛدُم | ہبن اوٗنم بازرَے |
| شیٖشے دارے پانے لوٗیُم | رُم گیہِ شیٖشس ہتے ہاے |
| بب ہے دٕ ہم یہِ کیا کوٗرُتھ | بہٕ ژھوپہٕ ژھوپے پھرس چاے |

یہِ گنٛدن بأتھ چھُ نہٕ صرف کأشرِ بن ہنٛز چایہِ ہنٛز مالے ہاوان بلکہِ چھےٚ اَتھ منٛز أکِس سادٕ لوٗح تہٕ معصوٗم کورِ ہنٛز تصویر تہِ بروٗنٛہہ کُن یِوان یَس پننہِ اترِ کنٛز وسوسن تہٕ انٛدیشن منٛز ہینہٕ آمٕژ چھےٚ یِموٗنش یہِ چھیکرس پٔتن موکلن پاے ژھوپہٕ منٛز ژھاران چھےٚ ۔ وۄٚن گواَتھ ژھوپہِ درپردٕ تہِ چھُ پرٕژھہٕ گأرتہٕ جواب طلبی ہٕنٛدِس صوٗرتس منٛز مُلہٕ تلہٕ وننگ تہٕ بوزنُک

مسلہٕ چھِنہٕ صرف گریرسنس مطالعس منز بلکہِ چھِ اکثر یوٗ رپی عالم اتھ منز ہینہٕ آمِتی ۔ تِمن دوہن کاشرِ زبانی ہُنٛد کانٛہہ تہِ اکھ مقبوٗلہِ عام رسم خط نہ آسنہٕ سبب اوس پرٛتھ کانٛہہ یوٗ رپی ، رومن اچھرٕ ل ہنا شیرٕ ژارٕ گرِتھ پننہٕ طرزِ تحریر خاطرٕ ورتاوان ۔ امیک وجہ ہیکہِ یتہِ آسِتھ زِ کاشرِ زبانی اوس نہٕ گوڈٕ پیٹھے کانٛہہ تہِ گرامر جامع صوٗرتس منز لیس یہِ زبان ہیچھناونس منز اتھہٕ روٗٹ کرِ ہے ۔ اکثر کول سُنٛد گرامر یوٗ دوے اوس تہِ سُہ اوس سنسکرتس منز تہِ تِمی سُنٛد طرزِ تحریر بروٚنٛہہ کنہِ آسنہٕ باوجوٗد تہِ چھِنہٕ کاشرِ لِکھاریو اَمہِ حسابہٕ لبٕ کھنچ کوٗشش زِ ہینٛنے تہِ کرٕ ہٕ گریرسنن چھُ اوے ژکھہِ ہوٗت وَنان ۔ ( گریرسن ۱۹۱۶ص ۳ ) زِیٛنتہِ چھُ پرٛتھ کانٛہہ عالم پنٛن قونوٗن پانے مرتب کران ۔

بہرحال گریرسنن تہِ چھُ کاشرِ زبانی خاطرٕ رومن اچھرٕ ل ورتو مُت تہِ کاشرِ زبانی ہِنٛدی چھِ تِمی ۲۷ واوِل تہِ زِ دو واوِل (Dipthong) ہِنٛدِ کڈی مٕتی یہِ چھُ پزی پاٹھی اکھ نوٗ ٹھ فہرست یوٗ دوے ییٚم ساری واوِل الگ الگ فونیم مانہو کھتیلہِ آسن کاشرِ زبانی ہِشہِ دُنیہس منز کیٚہہ زبانہٕ ییٚمن پننس وسیع واوِل سسٹمس پیٹھ فخر آسہِ ۔ مگر ژکہِ چھُنہٕ گریرسنن مقصد کاشرِ زبان پننہِ واوِل گنتجارٕ کنہِ نیشہِ ناوٕنی بلکہِ چھِیے یہِ کیٚنٛژھا تِمی ہنٛز غفلت تہِ کیٚنٛژھا تِمی ہنٛد بن وتہِ ہاوکن ہنٛز ۔ بقولہِ مورجنسٹرین سبٹھاہ بروٚنٛہہ کالہٕ پیٹھہٕ چھِ ہندوستانی صوتیاتی ماہر پننہِ نوزک تہِ بارِیکھ مشاہد سببہٕ مشہور

## کأشرِ زبأنی ہُنٛد گرامری مطالعہٕ تہٕ

# گریرسن

یِیمہ مقالُک مقصد چھُنہٕ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدس گرامرس متعلق گریرسن سٟنٛدِ کامیٚن ہُنٛد کأنٛہہ مفصل جأیِز، بلکہِ چُھ میون مقصد تِمن کینٛژن نوقطن کُن پرن والیٚن ہنٛد توجہ پھِرُن یِم اَتھ مطالعس منٛز بحث یِتہٕ کوتأہیہِ درینٛٹھی گوھان چھےٚ یا زِ یِم توجہُ طلب چھےٚ۔

لسأنی وضاحژ چھےٚ روایتی طور ترٛٚن شعبن منٛز بأگرنہٕ آمژ۔ گوڈنیک بأوژ ہٕنٛدی مأدی ذٔریعہِ یعنے طرزِ تحریر تہٕ املا بیترِ۔ دوٚیِم گرامر یعنے مارفالجی تہٕ نحو بیترِ تہٕ ترٛیِم لوغات سأزی۔ گریرسنن چھےٚ یِمن ترٛیشوٕنی منٛز قلم آزمأیی کٔرمژ۔

اَتھ سأری ہے کامہِ سام ہینہٕ پتہٕ چھِ اَسی یِتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ امیُک بوٚڈ حصہٕ چھ طرزِ تحریرکِ مختلف کھری تہٕ مسلہٕ اَنزراونس کُن لوٚگمت تہٕ تحریری کھوچرتہٕ املأیی بےٚ سوٚمبر چھُ تہٕ تِ کٔرتھ تہٕ اَتی روٗدمت۔ طرزِ تحریرکی یِم

لفظن منز چھُ او، واوِبل ۔ یتھے پأٹھۍ چھِ گریرسنن "e" تہٕ "ẹ" واوِبل دِتۍ متۍ ۔ بعضے چھُ یہند ورتاو "اے" تہٕ "یے" آوازن ہند خاطرٕ کرنہٕ آمت اَمایوٚ زبعضے چھِ دوشہِ وَ ے "یے" بدلہٕ ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ بعضے چھِ اکھأ بُکس بدلہٕ تہِ ورتاونہٕ آمتۍ ۔

ماتراواوِبل چھِ یوٗرپی عألمن ہندِ بحثُک اہم موضوٗع روٗدی متۍ ۔ گریرسنن چھےٚ مینولس تہٕ باقۍ تصنیفن منز یہنٛز ذکر وِزِ وزِ کرِمُت ۔ کأشر زبأنۍ ہنٛزن آوازن یا واوِبلن ہنٛز چھُ سہ ترٛےصوٗرژ مانان ۔ اَکھ سبٹھے ژھوٚٹ، دوٚیم ژھوٚٹ تہٕ ترٛیم زٕ ہٹھ مثلن گریرسنٕنی طرزِ تحریر مُطأبق ۔

(۱)za (۲) akh (۳) pan

گوڈنچ ژھوٚٹ آواز چھےٚ ماتراواوِبل ۔ گریرسن چھُ ونان (گریرسن ۱۸۹۶) زِ یوٚ دوے یم پتھ پأٹھۍ غأراہم باسان چھِ مگر خالے کانہہ کأشُر لفظ آسہِ یتھ یتھ منز نہٕ یم موجوٗد آسن یا یلہٕ نہٕ یہنٛدِ ذٕسی لفظن ہنٛز گردان سأزی دوران یا گرامری تبدیلی دوران لفظس منز آوازٕ پھیرٕ سپدان آسہِ ۔ بقولہِ گریرسن چھِ یم ماتراواوِبل کُنہِ لفظچ آواز یتھے پأٹھۍ مُتأثر کران یتھٕ پأٹھۍ انگریزی لفظ "MAT'e" جورنہٕ ستۍ MATE بنان چھُ ۔ "e" واوِبلہٕ ستۍ سپزٕ "a" واوِبلچ آواز مُتأثر مگر "e" چھُ پانہٕ خاموش ۔ یہِ آو برونہہ ونہٕ زِ گریرسنن اکثر کامین ہنٛز بُنیاد چھےٚ شبدھ امرہت یتھ منز اتھ کولن ماتراہن

اَسۍ مِتۍ ۔ یَم ہناتہٕ صوتیاتی پھیرِ ہاوِنس منز پننہِ مہارژ ہُنْد ہاو باو کرنس منز تفریح محسوس کران اَسۍ ۔ شاید چھُ امی عادتہٕ کنۍ اَتھ کولن تہٕ پننہِ کامہِ منز کوٚد کأکی ہأوِمِو ییتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ تِمس تہٕ کأشرِ واوبلو پیٹھہٕ نظر ڈٲجمو تہٕ امیک اثر چھُ برابر گریرسنس مطالعس پیٹھ تہٕ پیومُت ۔

اسۍ ہمو گریرسنٕنہِ فہرستہٕ منز کینٛہہ مثالہ ییمہِ ستۍ یہِ عیاں سپدِ زِ اَکے آواز چھےٚ مختلف واوبلو ستۍ ہاونہٕ آمِو ۔ مثلن نی تو ''u'' تہٕ ''a'' واوبل ۔ گریرسن چھُ ''u'' واوبلس متعلق ونان زِ ہندوستانۍ زبانن منز چھُنہٕ یُتھ کانٛہہ تہِ واوبل ۔ یہِ چھےٚ اَکھ مخصوص کأشر آواز ۔ اَمِچ موجودگی چھُ سُہ کُرتھکھ (Kuruthakh)لفظس منز ہاوان یہِ واوبلس متعلق چھُ ونان زِ کأشرس منز چھُ امیک ورتاو کھلہِ سپدان تیٚمِچ آواز انگریزی ''Hut'' تہٕ ''Hot'' لفظن ہندین واوبل آوازن درمیان چھےٚ مثلن ''اُدُرن (A D RUN)۔ وُچھی تو دراصل چھُ دوشوٚنی لفظن (کُرتھکھ تہٕ اَدُرن ) منز ''اُ'' واوبل ۔ مگر گریرسنن چھےٚ اَکے آواز دوٚیو الگ واوبلو ستۍ ہأوِمِو ۔ نی تو بیا کھ مثال ''ۄ'' تہٕ ''ۆ'' واوبل ۔ گوڈنکہِ واوبلِچ آواز چھےٚ Promoteلفظک دوٚیم ''o'' ہِش ۔ کأشرِ لفظِچ مثال چھےٚ ژورِ دِنہٕ آمژ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ ''ô'' واوبلس متعلق ونان زِ اَمِچ آواز چھےٚ Gloryلفظ کِس اوٚہس ''o'' ستۍ رلان ۔ کأشرِ لفظِچ مثال چھےٚ مول ۔ ٹاکارِ چھُ زِ ژور تہٕ مول دوشوٚنی کأشرن

پانس بروٚنہہ واوبل آواز متأثر کرنہٕ ۔ سُہ چھُ یمن توٲریخی دلچسپی ہٕندی

مانان۔ أرنسٹ نیوٚ تہٕ چھہٕ یہٕنز ذکر کران تہٕ یہٕند تحریر خاطرٕ چھِنہٕ رومن رسم خطکی

پانژھ واوبل ورتاوی ٲسی ۔ یعنے گریرسنن یٚیلہٕ گوڈنچہ لٹہٕ ماترا واوبلن ہٕنز

کتھ تُج یٔتہٕ موعالموتہٕ کرأتھی تھیھ۔مگر تموٚ مُشر ووزِ اپشر کول اوس بُنیاد ی

سنسکرت لب ولہجہٕ نش زانی یاب تہٕ باسان چھُ زِ کاشُر زبانی ہُند صوتیات

ویزھناونہٕ وِزِ چھُنہٕ سُہ سنسکرتہٕ کہٕ اثرنش مُچھہٕ روٚزِتھ ہیوٚ کُمت تہٕ اَمہٕ پتہٕ

یٚیلہٕ گریرسنن کاشرِ صوتیاتک مطالہٕ کوٚرسُہ تہٕ پوٚک أتھی نقشہٕ قدمس پٮ۪ٹھ۔

اکثر یوٚرپی عالم چھہٕ پانہٕ تہٕ یٚیمہٕ کتھہٕ ہُند اعتراف کران زِ یمو منز چھنہٕ

اکثر آواز بوٚزِتھ ہیکان تہٕ یوس آوازنہٕ بوٚزِتھ ہیکو تمیک وجوٗد تہٕ ہاوِچھُ مُلے غلط۔

گریرسنن چھِہ یمن ماترا ہن زیرِ اَثرلفظس منز آواز پھرِ کی کیٚنہہ

اصوٗل تہٕ بدِ کڈی ٲسی مثلن ۔

یٚیلہٕ "e" ماترایہٕ بروٚنہہ "a" آسہٕ سُہ چھُ "ạ" بنان۔ مثلن

"اندر" (Andar) أندرٕ (Andara)

یٚیلہٕ "e" ماترایہٕ بروٚنہہ "a" آسہٕ سُہ چھُ "ȁ" بنان مثلن کانُن

(Kanun)، کأنراوٗن (Konerawun)

یٚیلہٕ "i" ماترایہٕ بُتھہٕ "ä" آسہٕ سُہ چھُ "ȁ" بنان مثلن موٗل

ماٗلی (m ȁ Lا) ۔لفظہٕ کس گردانس دوران واوبل آواز امہٕ أنمانہٕ MȁL

ہُنٛد ورتاوا کہِ خاص اندازٕ کوٗ رمُت چھُ ۔ سُہ اوس لفظس منٛز کُنہِ حرفس پتھ
دِرام (ا) لگاوان یُس یہِ ہاوان اوس اَمہِ برونٛہہ واوِلچ آواز چھےٚ متأثر
سپد یمو ۔ اہٕشر کولس پتہٕ کُرنہٕ کأنسہِ مقأمی عألمن کأشرس گرامرس پیٹھ کأم ۔
اگرکینٛہہ کامہِ (مثلن خان غلام محمد پویل زیلی سٕند گرامر (۱۹۰۳ٕ) تہٕ سیف الدین تاربلی
سُنٛد "رسالہِ متلق اصوات کشمیری'') بامل آیہِ مگر یوٚہش اِنفرأدی کوٗشششہِ روزٕ
عام عألمن نش دوٗر تہٕ یوٗرپی یَن ہُنٛد وتہٕ ہاوُک بنیو وشبدھ امر ہتے ۔ تِتھہٕ
پأٹھی چھُ یمو تہِ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد صوتیات وبڈھناونہٕ وِزِ ماترا واوبلن کُن
ژوٚر توجہ دیُتمُت ۔ بقولہِ برج بی کاچرو (کاچرو ۱۹۶۹ ص ۲۹۴) چھِ یم
ماترا واوبل پُر اسرار صوٗرژ زرنگی پیش کرنہٕ آمتی ۔ گراہم بیلی چھُ ونان (بیلی ۱۹۳۷ ص ۱) زِ
کانٛہہ تہِ شخص یُس کأشُر رومن رسم خطس منٛز لیکھتھ وُچھِ تہٕ اَتہِ وُچھِ رِکھ
ہیوٚ رپہن لوٗ کٹ واوبل سُہ سپدِ حأران زِ یم کیاہ چھِ تہِ یہنٛز آواز کیا چھےٚ ۔ یِہ
بوٗ زِتھ گژھ سُہ زیادے حأران زِ یمو منٛز ہیکن نہٕ وار یاہ آوازٕ غأر کأشِری
بوٗ زِتھ ۔ یم چھِ اَسہِ تِمن موٗسیقی لہرن ہنٛز یاد پاوان یم سائنس دانن ہنٛدِ
ونہٕ موٗجب انسأنی کن چھِنہٕ بوٗ زِتھ ہیکان مگر بیأری گن چھِ بوزان ۔ بیلی یَن
یوٚ دوے تلفظس منٛز یمن ماترا اہن اہمیت دِژنہٕ اماپوٚ زِ یہنٛدِ وجوٗدِ نش چھنہٕ
سُہ انکار کران ۔ سُہ چھُ پانہٕ تہِ شن ماترا واوبلن ہُنٛد فہرست دِوان ۔
مور جنسٹرین تہٕ چھُ نہٕ یمو نش مُلے انکار کران تِمی ہنٛدی کُنہ تہِ چھےٚ یہنٛز کأم

ژۄرمس منز باقے تمام مونث ناوٕ تی۔ تر تیمس گرادنس منز چھِ گرٕ، کوٗر، سِیر، گرٕ، موج، ہمٕڑ، کوچھ ووٕ زتہٕ ۆنی ہوی ناوٕ تی شامل تہٕ ژۄرمس منز مال، کرٛکھ، روپے، ہیٚنہِ، ندٕی، کوٹھ، گاوٕ ہوی ناوٕ تی شامل۔

اماپوٚز یِمو ورأے چھِ کینٛہہ مونث ناوٕ تی یِم یِمن دوشوٕ نی گردان بأ گرنٛبن نِسبر آسِتھ ہیکہٕ ہن۔ مثلن پئٹ، ہٕڈ، راتھ بیترِ۔ گریرسن ہٕندِ طرزِ تحریر حسابہٕ چھِنہِ پئٹ تہٕ ہُڈ تریمس گردانس منز شامل تہٕ راتھ، وال بیترِ ژۄرمس منز۔ مگر یِمن چھُ نہٕ گریرسنٛن دیتمت واوٕبل پوٚت لوٗگ لگان، بلکہ کانسونٛتی پھیرِ تہٕ سپدان۔ غرض وُنُن چھُ یِزرِ تِمی ہِندِ ۆسی بدِ کڈنہٕ آمُت کأشرِ زبأنی ہِندِ صوتیأتی نظامُک بُنیادی کھو چر چھُ تِمی ہِنز گرامری جزن ہِنز وضاحت پیٹھ تہٕ اثر انداز سپدمُت۔

کأشرِ زبأنی ہِندس گرامرس منز چھےٚ اَہم اضأفی حالت ( Genitive Case) دلچسپ۔ یہٕ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ کأشرِ زبأنی ہُند تصریفی۔ (Inflectional) مزاز بروٚنٛہہ کُن یِوان۔ گریرسن چھُ پانس بروٚنٛہِمِبن گرامر دانن ہِندی پأٹھی اضأفی حالت ہاونہٕ خأطرٕ ہُند، سُند، اُک تہٕ اُن، پوٚت جاہن (Postpositions) ہُند ورتاو ہاوان۔ یِم نہٕ صرف کرٛ اول (Subject) یا شخص کہٕ جنس، بلکہٕ کرأوی (object) کہٕ تعدادٕ تہٕ جنسہٕ لحاظہٕ تہٕ بدلان چھِ۔ بقولہِ گریرسن چھُ کأشرِ زبأنی ہِندن سارِنے مذکر ناوتبن ہِنز

متأثر سپد نہٕ چھُنہٕ صرف کاشرِ زبانٕی منزٕ ے یوت ۔ اماپوٚ زیہِ چھُ توجہ طلب زِ اَمہِ آوازٕ پھرِ کی اصوٗل چھا گریرسنٚن ماترا اثر کنہٕ یہِ چھےٚ واولن ہشرن یا بیٚیہِ کانٛہہ ازٲنی اصوٗل ۔

صوتیاٚتی مطالعہ علاوٕ چھُ گریرسنٚن کاشرِ زبانٕی ہٕندِ بن باقے گرامری جُزن مثلن ناوٕ ت (Noun) باوٕ ت (Adjective) کرٕ اوٕ ت (verb) تہٕ پُرٕی ناوٕ ت (Pronoun) نظامچ تہِ وہٕ ژھنے کرٕ مژ ۔ یہِ وہٕ ژھنے چھےٚ گرامری وضاحژ ہٕندس ربوٲیتی اندازس پٮ۪ٹھ ۔ گریرسنٚس بروٚنٛہہ آس ایجورتھ تہٕ ویڈن تہِ کاشرِ گرامرِ چ اَمہِ آیہِ موٚنعصروٚ ہٕھنبہٕ ذِرترٕ ویڈن تہٕ ایجورتھن بیٚتہِ کاشرٕ بن ناوتھن ہٕنزٕ اُٹھ حالژ دِژمژ آسہٕ تہِ کوٚر گریرسنٚن یہِ حالژ نظام ہنا آسانی سان پیش ۔ کاشرٕ بن ناوتھن چھُ سُہ ژورن گردانن منز بٲگران ۔ ناوتھن ہٕنزِ گردان سازی منز تہِ چھُ ماترا واولن ہٕنز کارفرماٚیی ووٗچھان ۔ دوٚیمس گردانس منز چھُ سُہ تمہ مذکر ناوٕتی شامل کران یم بقولہِ تٔمی ہٕندٕ ''U'' ماترایہِ پٮ۪ٹھ انداتان چھِ تہٕ گوڈنکس منز باقے تمام مذکر ناوٕتی ۔ تٔمی ہٕندِ طرزِ تحریرٕ مطابق چھِ ژوٗر ، دوٗش ، پریم ، سونٕر ، ترکھ ، وٗری ، دانہِ ، گرٕ قاضی بیترٕ ناوٕتی گوڈنکس گردانس منز شامل تہٕ گرٕ ، گوٗر ، کوٚر ، مول ، ہنوی ، ژیوٚن تہٕ گاٹُل دوٚیمس گردانس منز ۔ تتھے پاٹھی چھُ تریمس گردانس منز تمہ مونث ناوٕتی شامل یِمہٕ ندٕ Nominative وٲحد '' i '' یا '' u '' ماترایہِ پٮ۪ٹھ انداتان چھُ تہٕ

کأشرِ زبأنی ہند کرٛاوِتی نظام تہٕ چھُ گریرسنٛن سرسری طور وبرٕھنہ ووُمت۔

گریرسنٛن چھ صرف یہِ وٕنتھ کتھ ژٔٹان زِ سأری کأشرِ کرٛاوِتی چھِ ترٕونی یارکہٕ وِنی۔ یۄ دوے سرسری طور آسی تہٕ أتھی بٔ گرنہٕ نظر تراووٲسی ہکو تیلہِ یمن مزید ورگہٕ باگے کٔرِتھ۔ مثلن: -رُکہٕ وِنی کرٛاوِتی ہکہِ ہوکھ أسی ترٛبن ورگن منٛز بٔ گرِتھ۔

گوڈنکس ورگس منٛز چھِ تِم یہندِس پتھ کال کرٛاول ناوتس منٛز "Nominative" بدلہِ "Agentive" حالتھ ہُند ورتاوسپدان چھُ مثلن "مےٚ اوس" دوٚیمس منٛز چھِ تِم کرٛاوِتی شأمل یہندِس پتھ کال کرٛاوتس منٛزٕ "Nominative" حالتھ ورتاونہٕ یِوان چھےٚ مثلن "بہٕ ژاس" "ژٕ آکھ" بیترِ۔ تہٕ تریمس منٛز چھِ کینٛہہ کراوِتی شأمل یہندِس پتھ کال کرٛاوتس منٛز دوشوٕ وَے Nominative یا Agentive حالتھ ورتاونہٕ یِوان چھےٚ مثلن "مےٚ نوٚژ" یا "بہٕ نوٚژُس" بیترِ۔

ووٚنی نی تَو گریرسنٛن وبرٕھنہ ووُمت کأشرِ زبأنی ہُند کالہٕ نظام۔

گریرسنٛن چھُ ونان زِ مختلف کالہٕ ورتاوخأطرٕ ہکو أسی اکثر کرٛاوِتی یمو مُلہٕ صوٗرژو پٔٹھہٕ ورتأوِتھ۔ ۱۔ مُلہٕ کرٛاوُت۔ ۲۔ از کال ناو کرود۔ ۳۔ پتھ کال ناو کرود۔ ۴۔ شبقہٕ ناو کرود۔ مثلن کر، کران، کوٚر، کوٚرمُت۔ مگر کینٛہہ کرٛاوِتی فارمہٕ چھےٚ یمو نمبر تہٕ باقے صوٗرژو پٔٹھ بناونہٕ یِوان مثلن Infinitive فارمہٕ پٔٹھہٕ ہکو أسی یِم ترٛ کال بنأوِتھ۔

Dative حالتھ ستۍ ''س'' پۆت للکھ ورتاوسپدان تہٕ اضافی حالتھ منز چھُ یۆہے 'س' ہُنٛد، پۆت جا کہِ ''ہ'' ہیچ جاے رٹان تہٕ یہِ چھُ ''سُند'' بنان۔ مگر امہِ مطابق گوٚژھ تیٚلہِ تمن ازۆ دی ناوتین ستۍ تہٕ ''سُنٛد'' لگُن یِہُنٛد Dative ''س'' جوڑنہٕ ستۍ بناونہٕ یوان چھُ مثلن ملس، آسمانس، پوشس بیترِ۔ مگر اضافی حالت بناونہٕ وِزِ چھ یمن ستۍ ''اُک'' لگان نَزٕ ''سُنٛد'' یا ''ہُنٛد''۔ بہر حال کاشرِ زبانۍ منز چھِ اضافی حالتھ ہِنٛدِ بن پۆت جاہن ہِنٛدی شبقہٕ اصول۔ یِم وَنٛتھی پوٚتھی پاٗٹھی یتھہٕ پاٗٹھی چھِ۔

۱۔ تم عام زۆ وی ناوِتی یِم واحد مذکر آسن تِمن ستۍ چھُ ''سُنٛد'' لگان۔

۲۔ ترٛیم شخص پرٛی ناوِتی کِس واحد مذکرس ستۍ تہِ چھُ ''سُند'' لگان۔

۳۔ ''ہُنٛد'' پۆت جا چھُ باقے سارِنے ازۆ وی جمع ناوتین ستۍ، زۆ دی واحد مونث یا جمع مونث تہٕ مذکر جمع ناوتین ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

۴۔ دوٚیم یا ترٛیم شخص کِس جمع صورتس ستۍ چھُ 'ہند' ورتاونہٕ یوان۔

۵۔ 'اُک' پۆت جا چھُ سارنے ازۆ دی واحد، مذکر ناوتین ستۍ ورتاونہٕ یِوان۔

۶۔ ''اُن'' پۆت جا چھُ انسانن ہِنٛدِ بن ناون ستۍ ورتاونہٕ یوان۔ اما پوٚز تِمن مونث ناون ستۍ یِم 'آ' یا 'ی' واوِس پتھ اَندواتان چھِ، چھُ 'ہُنٛد' ورتاونہٕ یِوان۔ بعضے چھُ انسانی ناون ستۍ تہِ ''سُنٛد'' استعمال سپدان تہٕ اکثر چھ 'سُنٛد' پۆت جا ورتاونہٕ وِزِ مُلہٕ ناوس ''اِ'' پۆت لوٚگ جوڑنہٕ یوان۔

# در دِستان رِوِزِٹڈ

## اکھ سام

پروفیسر اومکار این کول سُند تحقیق تہٕ مطالعہٕ چھُ مختلف زبانن تہٕ
تہندٮ۪ن ادبی پہلوہن وِحاطہٕ کران ۔ ہِنٛدی، اردوٗ، پنجأبؠ یا کأشُر أسی تن
یِمن زبانن ہِنٛدِس مطالیاتس چھُ کول صأبُن رنگہٕ رنگہٕ دِیُت ۔ یِتھہٕ پأٹھی
ہکو نہٕ أسی تِہُنٛز عألمانہٕ شخصیتھ کُنہِ أکِس زبأنی سِتی وابستہٕ کٔرِتھ ۔ اماپوٚز تہٕ
کٔرِتھ تہٕ چھُ أہنٛدس مطالیاتس منٛز کأشرِ زبأنی ہُنٛد پوٚتُر مقابلس گوٚبے
پہٕن ۔ کأشُر ادب وہ پرزبانن منٛز متأرِف کرنس تہٕ ملکی کیو عالمی سوٚتھرِس
پیٹھ موجوٗدٕ دورس منٛز کأشرِ زبأنی ہنٛزن مُختلف سرگرمی یَن منٛز چھُ اکہِ نتہٕ
بیٚیہِ رنگی تِہُنٛد دخل ۔ پروفیسر کول ہِنٛدی تخلیقی تہٕ ادبی تحریر اوٚک طرف
ترٛأوِتھ ہکو أسی تِہُنٛزِ لسأنی کامہِ دوٚن ورگن منٛز بأگرِتھ ۔ اول یِمہٕ لسأنی

۱۔ مےٚ چھُ کرُن ۔۲۔ مےٚ اوس کرُن ۔۳۔ مےٚ آسہِ کرُن ۔

گرٚ یرٚ سٕنٛز بےٚ شبقہِ پتھ کال بأ گرن چھےٚ تو جہس لایق سُہ چھُ اَتھ ترٚ ن فارمن منٛز بأ گران ۔۱۔ نزدیکھ پتھ کال ۔۲۔ بے شبقہِ پتھ کال ۔۳۔ دوٗر پتھ کال ۔ مثلن

۱۔ مےٚ کوٗر ۔۲۔ مےٚ کریوو ۔۳۔ مےٚ کریایود

شاید گوٚھن نہٕ دوٚیم تہٕ ترٚیم الگ الگ ناو کرأوی آسنٛ ، بلکہِ گوٚھن یِم علاقأیی یا اوسلوٗبیأتی پھیرِ آسنٛ ۔ بعضے چھِ أسی پتھ کالُک دوٗر بر ہاونہٕ خأطرِ کرٛ اوتس پٹھ دباو ترٛاوان اَمہِ موجب چھےٚ اَتھ منٛز آوازٕ تبدیلی تہٕ یِوان ۔ دباوٕ وألی کرٛ اوتی چھِ بعضے أسی شرطیہ صوٗرژ منٛز تہٕ ورتاوان ۔ مثلن :

"مےٚ کریہٕ کوٗشش مگر..........

گرٚ پرٚ سٕنٛ چھُ دراصل ترٛ ورگی ہاوٕتی پرٛی ناوٕتی (Demonstrative)

Pronnouns نظامس لرٕ لوٗر پتھ کالُک یہٕ نظام ہوومُت ۔ بہر حال یِم چھِ کینٛہہ اہم کتھہٕ یِمن متعلق مزید مطالعہ کرنہٕ یُن گوٚھہِ ، یِمہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس Inflectional مزازس پتہٕ کنہِ کارفرما اصولن ہنٛز نشاندہی کرنہٕ ییہِ ۔ یِم کامہِ چھےٚ نہٕ اَسہِ اَمہِ لحاظہِ ضروٗری باسان تکیازِ ماجہِ زیوٚ ہیچھنس منٛز چھِ یِم اصوٗل زانٛنٛ غأرٕ اہم مگر یِمہِ ساتہٕ اسہِ یِہے زبان غأر کأشرٚ ن ہیچھناونی پیِہٕ تمہِ ساتہٕ سپد اَمِچ اہمیت تہٕ عیان ۔ ☆☆

کأشِرِ زبأنؠ ہِنٛز لسأنؠ ورگہٕ باگے متعلق کولؔ سٕندؠ خیال چھِ تِہنٛزن کیٛژَن تصنیفن منٛز گَنہٕ گَنہٕ درِیٛٹھؠ گژھان۔ اماپوٚ زدرِ دستان رِوزٹڈ ناؤک مقالہٕ چھُ اَتھ متعلق مفصل مقالہٕ۔ یہِ مقالہٕ چھُ ڈاکٹر کولؔ تہٕ ریٛوتھ تِھمتھ یکہٕ وٹہٕ لیٛوکھمُت۔ مقالہٕ چھُ 1984 ٹس منٛز چھپیمِتِس ''آس پیکٹس آف کشمیری لنگوِسٹِکس'' ناوچہِ کتابہِ منٛز تہِ شأمِل۔ مقالہٕ نگارچھِنہٕ اَتھ منٛز کأشِرِ زبأنؠ ہِنٛزلسأنؠ ورگہٕ باگے متعلق کانٛہہ نوٚو نظرِیہٕ پیش کران تہٕ نہ چھےٚ پیٛٹھہٕ کَنہِ دِنہٕ آمژن دون راین منٛز گَنہِ أکِس سٟتؠ ہتھ فیصد متفق باسان۔ پزر چھُ یہِ زِ مقالہٕ نگار چھِ نہٕ گرٛیرسنس مُلے ردکران تہٕ نہٕ چھِ کأشِرِ زبأنؠ سیٚدسیوٚد ہند آریأیؠ زبانن لرِلوٚر تھاوان بٔلکہِ چھُ مقالہٕ نگارو اتھ موضوٗعس پیٛٹھ اوٚت تام کرنہٕ آمتِس مطالس موأنکون کرِتھ تہٕ امیُک چھوٚت کرٛہُن نوٚن کڈِتھ یہِ موضوٗع وُنہِ تہِ بحث طلب قرار دِیُتمُت۔

گرٛیرسنس پیٛٹھے مورجنسٹرِینس تام یہِ کیٛژھا مطالہٕ کرنہٕ آمُت چھُ تتھ چھےٚ پَزؠ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پرٕگی۔ باضے چھُ اَتھ منٛز مناسب موادٕ چ وبٕژھے تہٕ باضے محققانہٕ سنجیدگی ہُنٛد ژھربرلبنہٕ یِوان۔ چنانچہِ یِم سأری محقق أسؠ غأروطنی یِمن نہٕ اَمہِ علاقچن زبانن ہندٕین زأوِ جارن ہنٛز سرٛزنی زان أس۔ امہِ کتھہِ ہُنٛد احساس چھُ یِمن عألمن پانس تہِ۔ توَے چھُ موجنسٹرین اَتھ سأری سے مطالس تانؠ تانؠ تھے مانان۔ (انسایکلوپیڈیا آف

ورگہِ باگے متعلق چھےٚ تہٕ دوٚیم یم کاشرِ زبانٕ ہِندس گرٛامرس تہٕ صوتیاتی مطالس متعلق چھےٚ۔ دویمہِ ورگچہ کامہِ تہِ چھےٚ دون قسمن ہنٛز۔ اول یم محض تحقیقی نوٗعیتچہ چھےٚ۔ دویمہِ یمہ تدریسی نوقطہٕ نظرٕ تصنیف کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یتھ موخصر مقالس منٛز تھاوِ بہٕ پنٕن قلم صرف تمن کامبن تام محدوٗد یم لِسانی ورگہِ باگے متعلق چھےٚ۔

کاشرِ زبانٕ ہنٛزِ لسانی ورگہِ باگے ہُنٛد موضوٗع چھُ گنو ہمہِ صدی پتھے ملکی کنو پرملکی عالمن ہُنٛد دِلچسپ موضوٗع رۆدمُت۔ گرٛیرسنس پتھ مورجنسٹرٕنس تام الہِ پلہٕ سارِنے محققن ہُنٛد اتھ موضوٗعس متعلق تحقیق چھُ کُلس پتھ زٕ اہم رایہ بڑٕ ونہہ کُن انان۔ اکھ رائے چھےٚ یہِ زِ کاشُر زبان چھےٚ تمہِ دردی گرُپچ زبان یُس ہِند آریٲئی تہٕ ایرٲنی زبانبن ہنٛدین دون بڈٕین گرُپَن منٛز باگ اکہِ الگ گرُپچ خٲژ یتھ تھاوان چھُ۔ یہِ رائے دِنہٕ والبن منٛز چھُ گرٛیرسن سُنٛد ناو اَہم۔ دوٚیم رائے تھاون والی چھِ دردی زبانن تہِ ہِند آریٲئی زبانن ہُنٛد اکھ سب گرُپ مانان۔ یمن نِش چھےٚ دردچھرا اکھ جوغرٲفیٲیی اِصطلاح نہ زِ لسانی اِصطلاح تہٕ یم چھِ یمن زبانن ہنٛدِ جوغرٲفیٲیی علاقچہِ بنٛیاد پتھ دردی ناو دِتھ ہند آریٲئی گرُپ چے زبانہٕ تسلیم کران۔ دوٚیم رائے تھاوَن والبن محققن منٛز چھِ مورجنسٹرین، فُسمن بیٛترِ اہم۔

رٕوٗ زِتھ ہبکہِ ۔ مثلن کینٛہہ محقِقو چھےٚ کوہستاٗنی شِناہ اصطلاح تمن بولین ہِندِ

خاطرٕ ورتاوٕمٕژ یم چلاس کہِ جۆنوبہِ پاسہِ سِندھ علاقس منٛز بولنہٕ یوان

چھےٚ ۔ اَتھ زبانٛی چھےٚ پانٛژھ الگ الگ بولہِ تہِ لوٚنچہ گنٛڈنہٕ آمٕژ یمو منٛز "پنٛچھ

" تہِ اَکھ چھےٚ ۔ مقالہٕ نِگار چھِ نہٕ اَتھ بولہِ شِنا مانان ۔ مختلف محقِقو چھےٚ یہے

کوہستاٗنی موہر تمن زبانن تہِ لگاوِمٕژ یم سِندھس دوٚیمہِ پاسہِ چھےٚ تہِ یمہٕ

ٹاکارٕ پاٗٹھی غاٛر شِناہ بولہِ چھےٚ ۔ یمن چھُ اکثر "میاں" "بشکارِک" تہٕ

"توراولی" ناو دِنہٕ آمتۍ ۔ "بروکپا" ناوچہِ بولہِ متعلق تہِ چھُ کول شمتھ

نوقطہ نظر تتھےٚ ہیوٚ ۔ بڑٕ ونٛہمو عاٗلمو چھےٚ امہِ زبانٛی ہِندِ باشہِ ماٛدانٛج نشاندِہی

تیاٗری تیاٗری کٔرمٕژ ۔ یپاٗری یپاٗری مغربی تبّتی بولہِ بولنہٕ یوان چھےٚ ۔ کوٗل تہٕ

شِمتھ چھِنہٕ بروکپا کانٛہہ تہِ لساٗنی اصطلاح مانان بٔلکہِ چھِ اَتھ یم اتھنو

گرافک اصطلاح ناو دِوان ۔ بقولہِ تِہندِ چھےٚ یہِ اصطلاح تمن شِنا بولن

والین ہندِ خاطرٕ ورتاونہٕ یوان یم تبّتی زبانن ہِندس باشہِ علاقس نکھہٕ چھِ ۔

شِناہ تہِ کاٗشرِ زبانٛی ہِندِ س رِشتس متعلق چھِ "دردستان رِوزٹڈ"

سٕروے منٛز توجہ طلب بیان ۔ بقولہِ مقالہٕ نگار زِ دوشوٕنی زبانن ہُنٛد تقوبُل

کرنہٕ وِزِ چھُ باضے باسان زِ یُوٚ دوے شِناہ دردی چھےٚ تیلہِ چھےٚ

کاٗشرِ زبان بیٚیہ کیا تام ۔ یا اگر کاٗشر دردی زبان چھےٚ تیلہِ چھےٚ شِناہ بیٚیہ کیاہ

تام ۔ اما پوٚز تِم تہِ چھِنہٕ یمن زبانن درمیان رہوٗ آیتی طور گٔنٛزرنہٕ آمتۍ

اِسلام صفہٕ 164 )۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ یِمو محققو منز اوس نہٕ کینٛہو ن ہنٛزِ نٛیر دٔے یا تحقیقک مقصد لسانی مطالہٕ بلکہِ اوس مقصد سیاسی تہٕ یہِ اوس محض بہانہٕ۔ یِمو منز اوس نہٕ کینٛہو ن عِلم لسانیاتس ستی رژھ واسطہٕ تہِ مثلن فریڈرِک ڈرِو اوس اکھ جوغرافرتہٕ رابرٹ شاہ اوس ٹی پلانٹرن یِہنٛدس یکہٕ وٹہٕ کٔری متِس مواد پٹھ گریرسنن پنٕن نظریہِ پیش کوٚرمُت چھُ۔

دردستان رِوزٹڈ مقالکی مقالہٕ نگار چھِ اَمہِ سارے کامہِ ہُنٛد جایٕز ہیتھ امہِ رکس اٚکس اہم نوقصس کُن اِشارٕ کران یُس صحی باسان چھُ۔ تِہنٛد وُنُن چھُ زِ دردی زبانن یُس پہاڑی علاقہٕ باگہِ آمُت چھُ تٔمی چھِ امکس مطالس منز کینٛہہ ٹھری پأدٕ کٔری متو ۔ تِم چھِ وَنان زِ اَتھ علاقس منز بولن ینہٕ واجنہِ زبانن ہنٛدس تید ادس منز تہِ چھُ اَتھ سأری ہے مطالس منز اکھ ڈُلمبل دژیٛنٹھی گوھان۔ یمیک وجہ یہِ چھُ زِ اکہِ علاقہٕ پٹھ بیٛنس علاقس تام گُھلہِ ڈُلہِ رَوزَو تہٕ آمدرفت نہ آسنہٕ سبہٕ چھُ مختلف بولبن ہنٛدِس تلہٕ تراوس تہٕ لُہِس منز کم کاسہٕ بنیٚر تہٕ اکثر ورگہٕ باگے کرن والو چھےٚ یہِ کتھ نظر انداز کٔرِتھ کُنہِ پہاڑی کھونہِ منز رأتج کُنہِ بولہِ تہِ الگ زبأنی ہُنٛد ناو دیُمت۔ باضے چھُ جایہِ ناوس پٹھ تہِ کانٛہہ بولی الگ زبأنی ہنٛدِ خٔتی یِژھ گنٛز راونہٕ آمو۔ یِتھ پأٹھی چھُ اٚکس لوکٹس علاقس منز زبانن ہُنٛد گنٛجار پأدٕ کرنہٕ آمُت۔ اَتھ متعلق چھِ کوٚل تہٕ شِمتھ کینٛہہ مثالہِ دِوان یِہنٛز ذِکر یتین مناسب

۴۔ دوشوٕنی زبانن ہُند پُری ناوِتی نظام چھُ الہٕ پلہٕ ہیو۔ اَتھ منز

چھےٚ اطراف تہٕ دٲری ہنز ورگہٕ بُندی تِہ۔ کأشر زبان تہٕ امچہِ سرأج تہٕ

پوگلی بولہِ منز چھُ یہِ پُری ناوِنی نظام ترٛییہِ انمانہٕ۔ شِناہس منز چھُ یہِ ترٛیو

کھوتہٕ زیادٕ ورگن ہُند۔ صرف چھُ کوہستی منز یہِ آریأیی آیہِ دُورگی۔ اِشارٕ

پُری ناوِتی چھِ اَٹھن ورگن ہِندی۔

۵۔ دوشوٕنی زبانن ہِندی پوٚت جاچھِ دردی آیہِ۔

دوشوٕنی زبانن درمیان چھِ کینٛہہ اہم پھیرٕ یم:۔

ا۔ تالری خوٚصوصِتھ چھےٚ کأشر زبأنی تہٕ اَمچِن کینٛہن بولِبن منز۔

شناہس منز چھُ (ماسوِاے دارسی) لفظُک پتم واولِ ژھوٚٹراونہٕ یوان۔

۲۔ کأشرِ زبأنی تہٕ اَمچہِ پوگلی بولہِ منز چھُ منٛزم "وٕ" تہٕ "اوٗ" بیترِ

ژھوٚٹ واولِ موجوٗد۔ شناہ زبأنی ہنٛزِ کُنہِ تِہ بولہِ منز چھنہٕ یتھٕ پأٹھی۔

۳۔ پرٛأنی ہند آریأیی کانسونتی پنگتھ "ست" چھےٚ شناہ زبأنی منز

لفظہٕ انٛدس پیٹھ ورتاونہٕ یِوان اماپوٚز کأشرِ زبأنی منز چھےٚ یہِ خوٚصوٗصیتھ غأر

موٗجوٗد۔

۴۔ کأشرِ زبأنی ہُند ترتیب چھُ وکھرٕ۔ یُس نہٕ کُنہِ پأٹھی تہٕ شناہ

زبأنی یا اَمچہِ کُنہِ بولہِ ستی رلان چھُ۔

یہِ چھےٚ اَکھ ٹاکارٕ حقیقتھ زِ 1947 عیسوی پتہٕ سپُد دردِستانُک علاقہٕ

صوتیأتی تہٕ مارفولاجکل بیٚترِ ہشر وِنشہِ مُلے اِنکار کران۔ یِم ہِشر مأنتھ تہِ چھِ تِم ونان زِ امی نِسبتہٕ چھےٚ یِم اَکھ اَکس نِش مختلف تہِ۔ کأشرِ زبأنی ہُنٛد ''SVO'' لفظ ترتیب یُس اَتھ باقٕے ہِنٛد آریأیی زبانَن نِشہِ الگ کڈان چھُ تَمِچ کانٛہہ شبقہٕ وضاحتھ دِنہٕ ورأیی چھِ تِم یہِ راے دِوان زِ امہِ خأطرٕ گژھِ مزید مُطالِہ کرنہٕ یُن یِتھ زِ یہِ سرٕ کھرٕ سپد زِ یِم خصوصیٖژ چھا پرانہٕ ہِنٛد ایرأنی آگرو پیٹھ آمژ کِنہٕ بیٚیہِ کمہِ تام ازأنی آگرٕ پیٹھہٕ۔

بہرحال کوٗل تہٕ شِمتھ چھِ ہِناہ تہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس ہِشرس تہٕ بنٛرِس متعلق کینٛہہ نوقط سرٕ کھرٕ کران یِمو منٛز اکثر نوقطہ یِمن برونٛہمو عألمو تہِ وکھنأوی ءتی چھِ۔ ہشرٕ کی کینٛہہ اہم نوقط چھِ یِم:۔

ا۔ لفظہٕ چھلن ہنٛدِ بوحدٕ ونہر تہِ چھُ اَکھ واولِ آوازن متأثر کران۔ یہِ خوٗبی چھےٚ الہِ پلہِ کأشرِ زبأنی ءستی وابستہٕ پرٛتھ کُنہِ بولہِ منٛز اماپوٚز ''سرأج'' چھےٚ امہِ نِشہِ مُچھ۔

۲۔ پرٛأنی ہنٛد آریأیی کانسونٛنتی پنگتھ ''کرٛ'' چھےٚ دوشوٕنی زبانَن منٛز لفظہٕ اندس پیٹھ یِوان۔ صرف چھےٚ کوہستی اَمہِ خصوصیٖژ نِشہِ مُچھہِ۔

۳۔ ہکأری ٹھہراو چھِ دوشوٕنی زبانَن منٛز ختم سپدی ءتی۔ یہِ خصوصیتھ چھےٚ کشتوأری بولہِ تہٕ کوہستی منٛز تہِ اماپوٚز پوگلی تہٕ سرأج بولین ہنٛدین تدبھو لفظن منٛز چھُ یہِ ٹھہراو کُنہِ کُنہِ دزٕ یِنٛتھی گژھان۔

